# رٲوی مِتی معنے

(افسانہٕ سۆمبرن)

تِمن افسانہٕ نِگار دوستن ہِنٛزٕ ناوِ یِمو

یَتھ گُھری لد بےٚ ترتیب تہٕ

بےٚ معنے زِندِ گیِہ

معنہِ ساوبر دِیُت ۔

رأدی مِتۍ معنے: افسانہٕ سۆمبرن از رتن لال شانت۔

کمپیوٹر ڈی۔ٹی۔پی: رِنکو کول۔ جموں۔ گوڈنیک ایڈیشن: 2003۔ مول: 90/روپیہ 

کِتاب میلنگ پتاہ: (۱) 904، سُبھاش نگر، جۆم۔180005 (۲) کِتاب گھر، کلچرل اکیڈمی، کنال روڈ جموں۔ (۳) کِتاب گھر کلچرل اکیڈمی، بڈشاہ چوک، سرینگر۔

**Raevi muti maaney :** Kashmiri Short stories by R.L.Shant. Computer D.T.P by Rinku koul, Publishers : Neehar Prakashan, Published in 2003, Price Rs. 90/-,  Available at 1. 904, Subhash Nagar, Jammu - 180005, 2. Kitab Ghar, Cultural Academy, Jammu, 3. Kitab Ghar, Budshah Chowk, Srinagar.

Cover painting by Bhaskar Sen. Courtesy Sahitya Akademi.

# رأوی متی معنے


۱۔ یتھ افسانہٕ نگار تیتھ نقاد۔۵

۲۔ معنے تہٕ چھاراوان؟۔۷

۳۔ نخ۔۱۶

۴۔ اَکھ کاگدٕ ڑے۔۳۳

۵۔ رأوی متی معنے۔۴۷

۶۔ بُنیل۔۵۳

۷۔ معجز۔۵۹

۸۔ رپوٹ چھم چندس۔۶۲

۹۔ بُتھ مسأژ کھراو۔۶۶

۱۰۔ بیا کھ ییش نامہٕ۔۷۲

۱۱۔ چھوکر در۔۷۷

۱۲۔ کأشُر چاٹھ۔۸۶

۱۳۔ مُصنف۔۹۲

# یُتھ افسانہٕ نگار تیُتھ نقاد

کینٛہہ وٕری گیہِ مےٚ سپُد دِلہِ اندر ڈاکٹر صأبر آفاقی صأبس ستی مُلاقاتھ۔ یہِ اوس کینٛژن دوہَن ہنٛدِ خأطرٕ پأکِستانہٕ پیٹھٕ دِلہِ آمُت۔ ڈاکٹر صأب چھِ اُردو تہٕ فارسی زبأنَن ہنٛدی نہ صرف عألم فأضل بلکہ شأیِر تہِ۔

یم وٕتھی۔

"کامل صاحب کیا بات ہے کہ کشمیری زبان کے اچھے شاعر مسلمان ہیں اور اچھے افسانہٕ نگار کشمیری پنڈت؟"

یہٕ گوس ہےَ بنگہٕ۔ مےٚ اُس نہٕ یِژھ کتھاہ زانٛہہ تہِ ذیہنَس اندر آمٕژ۔ أمی ہیٚتی شأعرو پتہٕ افسانہٕ نِگارن ہنٛدی ناو۔

"دیکھئے رتن لال شانت......" امہِ پتہٕ رُکھو تہٕ ژٕتھا دِتھ ووٚنُن "وہ بھارتی اور کیا کہتے ہیں کول صاحب اور....."

نےٚ سنٛ ژٕ نےٚ ت تام نہ یہ شأنت صأبہٕ نہو افسانو

پننہِ باوٕ ژتہٕ اظہار کنٕز مُتأثرِ چھُ کۄرمُت اۄ ہُند ناوکیاز چھس زیوِ پیٹِس پیٹھ۔ کتھ چھتہٕ سوٚنچ۔

افسانہٕ لیکھُن چھُ فن۔ یہِ فن ورتاونٕکی چھِ مُختلف وَل۔ یم ول پھِرِ نأوۍ تَن افسانٕس مختلف ادبی نظرین ہنٛدٕ ین زأنۍ مرگن تہٕ نَین اندر، اماپوٚز تورِ گژھِ واپس تہٕ پھیُرن۔ پھیوٚ رنتہٕ رووتہٕ گو جانہٕ مرِگ۔ شانت صأب چھنہٕ پننہٕ ئمن کأشرِس ہوانواہس اندر شہہ ہنہ والین وبوہأری (پرُایکشن) افسانن اَمہِ رٔنگۍ راونہٕ دِوان۔ اِوکنۍ زِیمو چھُ افسانُک فن پوٚر پأٹھۍ بوۍ کۄرمُت۔

افسانہٕ أکِتھ گُن، یم چھِ افسانٕکی نبض شِناس نقاد تہِ۔ کأشرِ شأیری پرکھاون وأنۍ قلمکار چھِ واری یاہ مگر افسانہٕ پرکھاون وول چھنہٕ ۄنہِ شانت صأبس ورأے کانٛہہ تہِ سنجیدٕ با معنہِ تہٕ معتبر قلم۔ یُتھ افسانہٕ نِگار تیُتھ نقاد تہِ۔

بڈشاہ نگر، سرینگر      امین کامل

# معنے تہٕ چھاراوان؟

یُس سوال افسانہٕ لیکھنہٕ وِزِ مےٚ بڑ وٕنٹھ کنہِ کلہٕ ٹلان چھُ تہٕ یتھ جواب دِتھے مےٚ افسانچ صحی وتھ دژھنٹھ یِوان چھےٚ، سُہ چھُ افسانہٕ کِس ہیئتس، جُملن ہنٛدِس ٹلہٕ تڑاوس مکالمن تہٕ بیانہٕ چہِ بأگرنہِ لفظن ہنٛدِس گرتس بیٚترِ موخصر افسانہٕ کِس گُلھوٚم اسلوٗبس ستیٚ واٹھ تھاوان۔ یہِ مےٚ افسانس منٛز وُنن آسان چھُ تہٕ یمہِ خأطرٕ مےٚ افسانوی اِستھِتی (situation) تہٕ کِردارن ہُنٛد وردن گوڈَے مُشخص کوٚرمُت آسان چھُ، سُہ چھُ مےٚ پڑژھان ون سأبہٕ وَسا کاغذس پیٹھ چانہِ وساطتہٕ کٕنز، کِنہٕ کأنسہِ کِردارٕ ہنٛدِ وساطتہٕ؟ زمانَے تمی ژِہِہ ظھوٗر پڑاوان چھُ ییٚلہِ یہِ اِستھِتی شکلہِ ہنٛزِس ظھوٗرس

مَنز یوان چھےٚ ؟ سُہ چھُ مےٚ پتہٕ پزٕ ژھان زِمیٚون قالِب چھےٚ

سأ بیأنیا تھوٚن کِنہٕ علامتی؟ میأنی کِرداربولنہٕ سأتی یہٕ وَنُن

چھُکھ کِنہٕ تہٕ یتھ کُن اِشارٕ کرُن چھُکھ ؟ یانے کہٕ افسانہٕ چھُ

مےٚ نِش توقع کران زِ بہٕ کرٕ تمہٕ زبأنی ہُند تعیُن یوسہٕ مے

ورتاوٕنی چھےٚ ، یوسہٕ مےٚ بطور بے لاگ مُصنف ورتاوٕنی چھےٚ یا

بطورٕ ژُکی درراوی۔ سوٚ زبان تہٕ کرٕ صحی یوسہٕ کِردار ورتاون۔

اَمہِ موٗجب چھُنہٕ یؤتےٚ یوت کأفی آسان زِ کِردار کرن

صرِف پننہٕ معاشرٕچ یا پننہٕ علمی سوٗتھرٕچ نُمایندگی۔ تہٕ زَن گو

یہٕ زِ موٚزوٗر بولہِ موٚزوٗرٕ سنز بازأری زبان تہٕ گرواجینٛز

گرٕ ہستھی ینٛن ہنز مُنٛڈٕ ہٕز زبان۔ تِکیازِ یہٕنزٕ زبأنی ہٕندی ذِمہٕ

وار آسن نہٕ صرِف یِم بٔلکہٕ بہٕ تہٕ بحیثیت مُصنف۔ مےٚ چھُ

یہٕ شعوٗر ہمیشہٕ تھوٚن ضروٗری زِ میأنی کِردارٕن پنُن حال یا

ردِعمل پننہٕ مُستند زبأنی منٛزٕ نگرٕستی کرن مےٚ تہٕ مددمیوٚن مفہوٗم

بُرٕونٛنہ کُن پکہٕ ناوِنس منٛز یُتھ مےٚ تسلا یہِ زِ کتھ ہٕ تجُم ونٛی۔

کِردارٕن ہنٛز کتھ وننہٕ خاطرٕ روزا بہٕ صرِف بےلاگ وُچھن

وول، ہمدرد رپوٚٹر (reporter) ، کِردارٕن منٛز آورنہٕ آمُت

تہٕند ستی بوج کِنہٕ دیدٕ دوٚ رکأری؟ یہٕ تہٕ چھُ ضروٗری تہٕ یہٕ

کأم تہِ چھےٚ زبأنی کرٕنی۔ میانہٕ تجرُبچ سند چھےٚ صرِف میأنی

زبان تہٕ زبانٕی ہُند باشعوٗر اِستعمال۔

افسانہٕ لیکھنک یہ تجربہ چھُ کم وبیش تمام باشعوٗر افسانہٕ نگارن وُچھمِت پٔزان تہٕ اَتھ وچھرِنس منٛز چھُ افسانک فن گژھان۔ اگرے اَسہِ کانٛہہ افسانہٕ سٔہل بأسِتھ جل سمجھ یِوان چھُ یعنے اگرے اَسی لیکھن والی ہُندِس مقصوٗد مفہوٗمَس تام گژھنہِ مُشکلہٕ ورأے واتان چھِ، یہ صوٗرتھ چھِ آسان تُمی بڑ مُشکلہٕ تہٕ باشعوٗر رِیاضہٕ پتہٕ تکمیلس واتہٕ نأوِمٕژ۔ سپدان چھُ یہ زِ افسانہٕ نگارن چھُ آسان وارِی یاہو ذٕی یاب مُتبأدِلو منٛز پنٛنہٕ خأطرٕ لگہٕ ہار لفظ تہٕ لفظک اِستعمال (یتھ زَن محاورٕ تہٕ وَنو) ژأرِتھ ہیوٚک مُت۔ اَتھ اِستعمأِلی قووتس چھِ نأقِد تخلیق وَنان تہٕ چھِ تمے لفظ پرٛتھ کانٛسہِ بامےسہٕ اَدبس اَسی تِن یانہ برابر دستیاب آسان۔ اہل اَدب چھُ مخصوٗص اِستعمالس پنٛنہٕ مفہوٗمک قألِب پُشرِتھ ہیکان۔ یہ تہٕ چھُ پزر زِ افسانہٕ نگار سُند مفہوٗم آسہِ پیچیٖدٕ تہٕ تمہِ خأطرٕ ییہٕ نہٕ تمِس سٔہل تہٕ عموٗمی لِسأنی اِستعمالس ستی برابری۔ زند گیہِ ہنٛز بڑٕ ونہِ پیچیٖد گیہِ چھےٚ اَسہِ نِش وومیدتھاوان زِ موزوٗن زبان دِموکھ یتھ سأنی باوتھ پنٛنہٕ ورتھِ تہٕ وتھکہِ جسیتھ اِیماندارٕ سمجھ بأسِتھ ہیکہِ۔ ادبہٕ ہنٛز اِیماندارٕ سمجھ چھنہٕ رِوأیتی یا مقبول سمجھ ہنٛدِس اثرس تل یِوان

تہٕ تِتھ کنہٕ کانٛہہ اِتھی باوان یتھ دٕسی تہٕ وقتی تفہیم تہٕ شاباش میلِس تہٕ بس۔ باشعور تہٕ ایماندار زبأنی تہٕ محاورس پتھ عوٗبوٗر آسنہٕ کنہٕ چھُ ادیب بعضے زبانہٕ ہندی مُروجہ گرت بدلاوان تہٕ رہوایتھ پھٹراوان تہٕ۔ نتہٕ کوٗت تہٕ آرأیشی زاوی جار کونہٕ ورتاوہٕ أسی، اگر احساس بلکُل صحی تہٕ موزوٗن ترین محاورٕ دِموٗنہٕ، سون مفہوٗم یانے سانہٕ تجربچ نمر لتا روزِ باونے۔ سون وُنُن آسہِ پتھ مِتس دُبارِ پتُسٕس مُتراٗدِف، زَن تہٕ تمنے کتھن سن سن دِوان یمہٕ اوتانی سیٹھاہ گشنہٕ آمِژ چھےٚ تہٕ یمن وونی کِہنہٕ لاگہِ کار مانے روٗدمُت چھُنہٕ۔ اِنسان ہندِ ذیٚہنی ارتقاہچ ڈلیلے چھےٚ یہِ زِ سہٕ چھُ ان زأنی تہٕ اجنٛبی وتہٕ پدی مأنٛڈِتھ کھُلہٕ دِلہٕ نُوِس تجربس بُتھِ لگان۔ اَمہٕ وِزِ چھُ سہٕ یہِ ونہٕ نَس حق بجانٛب آسان زِ تِتھ ذِکرٕ تہٕ کتھ باتھِ ہندِس تتھ طرٕیقس یُس دُچھو تھے أسی وونی بوٗر (bore)، گرٛشان چھِ، روویا بدلِتھ معنے۔

یہِ زَن ونہٕ تہٕ مگر میون اوٚندٕ پوٚکھ میون ذی شعوٗر زمانہٕ تہٕ میأنی ہم کال جیتھ دِیہِ مےٚ خلاف شہادتھ زِ یتھ ڈُلہٕ کوٗٹ وقتس منٛز (ترقی پسند روٗزی تن ہمیشہِ ونان اَتھ "باحمل" زمانہٕ یُس پگاہ "یقینن" گاشس زنم دِیہِ) روٗزِ خالیے

کانٛہہ قدر بدلنۍ تہٕ خالے کانٛہہ عقیدٕ یتھ نہٕ بُنیاد ٔس رُم گے
یتھ نہٕ معنوِیت رأو۔ عام طور چھےٚ اَدبی باوتھ تہٕ کینٛژون لیکھن
پرمپرایَن تہٕ بزٕ ونٛٹھے تعیُن کرنہٕ تہٕ گسہ آمژن مانے رِوایتَن
(روٗڈی یَن) لٲر آسان تہٕ اَدے چھہ سہل ترسیل مُمکن
بناوِتھ ہیکان۔ مگر یتھٕ کنٛہ زمانہٕ تہٕ مکانک شعوٗر یا حِسیتھ
چھےٚ بدلان، باوتھکہ گرتھ تہٕ لفظکہ استمال بدلُن چھُ قدرتی عمل۔
بہٕ تہٕ چھُس کوٗشِش کران زِ پننہٕ افسانہٕ کہٕ نوٕ مفہوٗمچ پزتھ
کانٛہہ منگ کرٕ پوٗرٕ تہٕ اَتھ موزوٗن ترٕہن باوژ گرتھ آیتن۔
نتہٕ چھنہٕ کانٛہہ مجبوری زِ تجریدی علامتس کرٕ سال تہٕ صوٗرتحال
کرٕ کُنہٕ کھرٕ ی لد اِستعارس حوالہٕ۔
بہٕ چھُس زانٛتھ زِ یم (علامت تشبیہہ استعارٕ بیترٕ)
چھہِ بذاتی شأیرِیہٕ ہندی وَل مگر تجربچ شِد تھ کتہٕ چھہِ یتھن
مَوقن پیٹھ شأیرِیہٕ تہٕ افسانٕس درمیان زیادٕ دوٗر رٕ روزنہٕ
دِوان۔ وون گو اگرٕ ے اَتھ نثر گوڈھِ یم شأیرانہٕ وَل ہیکن
نثری صِنفن منٛز یانے خیالہٕ چہٕ نریٹو (narrative) رواٗنیہٕ منٛز
رُکاوٹھ تہٕ ترٛاوِتھ۔ اتھن چھُ لِکھأرِس تلوار ذٕنذرٕ پیٹھی پکُن تہٕ
خطرٕ ژلُن پیوان۔ خطرن ہُند شعوٗر اگر برقرار روزِہس سُہ
ہیکہِ تَس وار یاہس حدس تام مددگار ثأبت سپدِتھ تہٕ سُہ ہیکہِ

مُنتخب صِنف بچاوِتھ۔ بچاوِتھ نہ ہیکہٕ ژٕنگ خُدی شہِ چھُ تمہِ وِزِ
نُمایاں آسان یِیلہِ افسانُک تھٲر کوٚنڈ یانے افسانوٕ یِتھ (یعنے
اِستھتیہِ ہُند کاڈ) گٔنہِ پٲٹھی مجرُح سَپدان چھےٚ۔ بہٕ ہیکہٕ
پیٚرٕہن وٕنِتھ زِ بہٕ چھُس افسانوِیتِج راچھ کرنہٕ خاطرٕ سیٹھاہ
موحتاط روزان تہٕ مفہوٗمکہِ ترسیٖلک بہانہٕ کٔرِتھ چھُس نہٕ
افسانس(حتُل اِمکان)شعرٕکس تجریدیتس منٛز رِکن گژھنہٕ
دِوان۔

بہٕ چھُس یِتہِ زانِتھ زِ پانے پٔنٕنی مولانکون کرٕنی ہیکہِ
پُرکشِش مگر پُرفریب آسِتھ۔ یہِ ہیکہِ غلط ناوِ وٲلِتھ تہٕ پانس
مُتلِق غاٚر حقیقی تصوٗرات پٲدٕ کٔرِتھ۔ اَتھ ناوِ وسنہٕ نِشہِ چھُس
یُوٗت پلیم تیوٗت احتراز کران مگر یہِ وُنِن تہٕ چھُم ضوٗروٗری
باسان زِ لیکھن وول ونہِ تس کیٛاہ رٔوِ یہِ چھُ پنہٕ نِس لیکھنس
گُن۔ یہِ چھےٚ مے پانَس مُتلِق اَکھ راے، بہٕ ونہٕ پنہٕ نِہن
مُشکلِن تہٕ پننہِ تخلیقی کشمکشُک اعتراف۔ اگرٕ ے تو ہہِ یمو میانیو
کتھو منٛزٕ کٔنہِ اکس ستی اتفاق آسہِ بہٕ زانہٕ سو پٔنٕنی خوش قسمتی۔



"ترکوٚنجل" افسانہٕ سوٚمرنہِ منٛز تھوٚوی مے پٔنٕنی تِتھی
افسانہٕ یِم "واضِح" اِنسانی رِشتن مُتلِق کینٛہہ نتہٕ کینٛہہ واضِح

کران چھِ۔ تہنز زبان تہٕ اسلوٗب چھِ تِتھے کنٛی مفہوٗمس تابع
یِتھ کنٛی یِیمہِ سوٗمبرنہٕ ہِندٕ افسانن چھِ۔ ووں گو یِیمہِ
سوٗمبرنہٕ ہِندی افسانہٕ چھِ سمأجی رِشتن ہُمو کھوتہٕ زیادٕ تنقیدی
نظرِ ژرژان۔ یِمن منٛز چھُ مُصنِف وَرل اِستھتی ہُند ترسیل
مُمکن بناونہٕ خأطرٕ زبأنی ہِندٕ تہٕ محاورکہِ اِستمالہٕ کِہن تکنیکی
اِمکاناتن تہٕ کأم ہوان۔ یِتھ کنٛی مے " ترکونجل " کِس
دیباچس منٛز ووٗن، یِتھی امکانات ژھارنُک سِلسِلہٕ اوس مے
گوڈنچی سوٗمبرنہٕ " أچھر والن پیٹھ کوہ" کِہن کیٛژن
افسانن ( مثلن گوڈنیُک سبق، ژھایہِ گٔژ، روشن دان ) منٛز
شوٗروٗ کوٗرمُت۔ اَتھ نہجہِ کُن میون فِکرِی میلان ہیکو تھٕ شاید "
شیرازٕ" رِسالہٕ کِس افتتأحی شُمارس (1964) منٛز چھپے متِس
میأنِس مضموٗن " ادبس منٛز نوٗر تہٕ پرٛانہٕ " رس منٛز وُچھتھ۔
اوتام أسی مے پانٛژھ شے افسانہٕ ( کأشری گوڈٕ تہٕ ہِندی پأٹھی
پتہٕ ) تہٕ زٕ ترٛے ڈراما لیکھی متی ( یِم نہٕ چھپے یہ گٔنہٕ تہٕ نہ بٔڈ
کاسٹ یا سیٖنجٕ گیہ ) تہٕ واریاہ نوٗ آیچ ہیٚندی شأیری گرٕمو،
یِیمہِ خأطرٕ مے ترغیب گوڈٕ سرینگرٕ تہٕ پتہٕ الہ آبادٕ (یُس ہیٚندی
چھِ پس ترقی پسند نہجہِ " نٔی کوِتا" ہُند أکھ اہم گڈٕ اوس )
پرٛنٛس دوران (59-1957) میٚج مو أس۔ یِیتہٕ أس تیلہِ یعنے

60-50 ہِکس دٕہلس منز کاشرٕ ادیبن حال حالے ترقی پسندی

ہنز وتھ مٕنڈ ہٕژ۔ مےٚ رچ یہِ تحریک تہٕ تربیت پریم چند،

پرٚساد، اَشک، کرشن چندر، کملیشور، یادو، لیش پال،

راکیش، رینو، دھرم ویر بھارتی، چیخوف، سارتر، کامو،

آینسکو، ہمینگ وے وغارٕ ہندیو تخلیقو نِش۔ خارٕ یہِ کوٚرُم

ضِمنن عرض۔

جلدٕ ے کرٕ پنٕنی ژۄرِم افسانہٕ سوٚمبرن " ژھٕمن "

پیش، یتھ منز زیادٕ تر میانی تم افسانہٕ شامِل چھِ یِم مےٚ کٔشیرِ

نِشہِ دوٗرٕ پتہٕ یعنے 2000-1990 ہِکس دٕہلس منز لیکھی۔ تِمن

مُتلِق مُفصل کتھ گٔیہِ تمی وِزِ۔

اکتوبر۔2003

رتن لال شانت

904۔ سُبھاش نگر۔

جموٗم۔180005

یَتھ ہجِہ کجِہ وَتہِ پیٹھ میٖون تھوٚ کمُت پان

یوس دوٗ ریِوان گنز بۄنیاہ دزٕ پیٹھی

یہِ چھُ پزانی سمیک شاہکارا

نتہٕ ژاینٕ بتھی کنز تاپنز ژنڈ

یَتھ ہجِہ کجِہ وتہِ میٖون تھوٚ کمُت پان

کنہٕ بۄ زِتھ چرِ گیُش شرٕ ۄ پراوان

ترٛتھ کزٕ کھۄمرن وأنسن ہشز

انٛدٕ گوڑٕ روٚس مانہِ نہٕ مطلب۔

(دینا ناتھ نادِم)

## ژٕ

"ناگ راجنس گو اکھی ڈنٹ۔ ہسپتالس منز کوٗرکھ داخل۔ جل یِہ۔"

تارٕ پرٕم تہٕ تھٕوم پتھر آتھوارِ ہندِس اخبارس پیٹھ۔ اَخبارٕ پیٹھٕ اوسُم وُنی یٖیمہِ ہفتُک پٔنُن قسمت پوٚرمُت۔ عأنگ تلُم تہٕ تھوٚوُم اخبارس پیٹھ۔ ووشاہ ترٛووُم۔ أمِس ناگ راجنس تہٕ اوس أزی ایکسی ڈنٹ گوٚھمُن۔ آتھوارِ دوہ اوسُس فُرصتہٕ سان۔ کتھ کٔنز مُعمہ بٔرِ بٔرِ، پزٕ جوٚن ہندی جواب سوٗنچِ تہٕ اِشتہار پٔرِ پٔرِ اند واتہٕ ناوان۔ پزٕرگو یِہ زِ اَمہِ دوہ گرِ نیرٕن اوسُم مُشکِل گژھان۔ ستو دوٚہو پتہٕ چھٹی دوہ تہٕ ووٚنی یِہ ناگ راجن......

تارٕ پرٕم بیٚیہ۔ "ناگ راجنس گو ایکسی ڈنٹ......جل یِہ......" اخبارٕ

پتھ پۆ رُم قسمت تہِ ییہٕ ...... "ژٔندرٕ وارچھِ رٕژ۔ سفر چھُ کرُن۔ دِل گژھِ ڈٕر راوُن۔ کانٛہہ رِشتہٕ دار بچاوِہَن ......"

ایکسی ڈنٹ وپتہٕ راونس گژھِ دِل دۆرُے آسُن۔ مے چھےٚ تار دِنہٕ آمٕژ۔ امی بڑٕنٛژ زِ ناگ راجن بچاون۔ حرف بہ حرف پۆز۔ اُمابۓ اَتھ دۆہے مانے کڈان چھس۔ اَخبارس گوڈٕ یہوے قسمتک کالم وُچھان چھس تہٕ اَزکونہٕ سنے یوس بہٕ اَتھ یوتانٛ تارواٗژ۔

کھٗژ آتھوار رتھِ! اتھ فِلمہِ کوٗ تاہ کال ووتُم پڑاران۔ اَزی چھِ آتھوارِ سچھ ہے نا؟ گوڈٕ مارٕ ہوس میٹنی۔ پتہٕ کافی ہاوس تہٕ پتہٕ کوالٹی۔ ہا کتہِ پھسہِ شرمابیہٕ! گوڈٕ بناوہوس بیس base تہٕ پتہٕ کرہوس بِریانہِ ہُند جشناہ۔ گوڈٕ پزانِن پاٗنسن تہٕ چھُم ہیم۔ وَنان چھُ آسان یہِ شرماتاون زد، ہے پاٗنسہٕ گواُتھن ہُندمل۔ چھول نہٕ تہٕ ژٕنیے دُیتے۔ دوستی چھَنانتہٕ آسہِ ہیم اُتھی کتھِ پتھ دال چاول کھیوومُت۔ ہارٕ چھُ تاران مگر کاٗم کاٗژاہ چھس نیران میانہِ دٔسٕ۔ زٕ ڈاے ہتھ میلہٕ ژٔھنڈِتھ چھُ مے نِش یِوان تہٕ مے آلہِ منٛزٕ کڈِتھ نِوان۔ پننہِ مطلبہٕ۔ مگر مُرن چھُ تتھ ہفتس چھسے نہٕ بہ پتہٕ اَتھی یِوان۔ پردیس منٛزٕ روزن واٗلِس خاٗلِص جوان چھڈٕ سٕندی پاٗٹھی ......

تہٕ یہِ ناگ راجن؟

حاٗدِثہٕ گوس تہٕ مےٚ پٕنٕہ جل گژھُن!

عاٗنکس کُن پییم نظر تہٕ اُسن آم۔ یہِ اوس اَخبارس پیٹھ کمہِ تانٛ اِشتہارٕ کِس انسانٕس اَکِس برابر گردنہِ پیٹھ۔ عاٗنکہِ کہِ شیشہِ منٛزٕ اوس اِنسانہٕ سُند کلہٕ

نیک بوزنہٕ یِوان تہٕ شیشہِ نیبر پان ویوٚتھ۔ کلہٕ پیوٚ نتاہ تہٕ پان تہٕ یڈ بڈ!

ناگہ راجن سُند بار اوس ووٗنی میٚیے وبتہٕ راوُن۔ شرما چھُ نتہٕ اُتی۔ بیٚیہ آسہٕ ناکنہٕ تتہِ تس بچاون وول۔ مےٚ پیٹھ کوٚت سناوا ژوٲری! آتھوار گیہِ ڈٲکہ۔ گرٕھن نہ گرٕھن گیہِ وخرٕ کتھ مگر کھلبلی ٲکھٕ گیہِ۔ مےٚ پرٕ تار بیٚیہ۔ اَتھ اوس میون پتاہ تہِ اوٚڈے لیکھتھ۔ محلے یُت مکان نمبر نہٕ کہیں۔ یِیتس بڈِس محلس منز کوٚ ڈنس اَز بہٲی تارِ وٲلی ژھانڈتھ۔ سمز ہٕ نہِ چھٕکہ تہِ واتان۔۔۔

مےٚ پیوٚ ویاد۔ مےٚ چھُ ناگہ راجنس چھِ اَکس پیٹھ پٔنن بیٹک پتاہ لیوٚکھمُت۔ ووٗنیے گو مامله صاف۔ ناگہ راجن آسہِ ہےٚ وتہِ یکان یاوُنو ہٹرٕ ہٹرٕ پھیران۔ اُتی گوس ایکسی ڈنٹ تہٕ گوٚ بےٚ ہوش۔ ہسپتال نیوٚکھ مگر ہوش چھس نہٕ یِوان۔ اَمِس چھُنہٕ پرزٕ ناوانے کانہہ۔ بتھِس آرٕ ورٕ پھیش لوٚ گمُت یا بُتھ چھس سالم ثوبُتھے اما پوٚ زیر زناوِس کُس۔ ناگہ راجن چھُ اتھ گُم نام شہرس منز پننہِ نسلہٕ تہٕ ذٲژ ہُند کُن اِنسان۔ اَمِس دِژ کھ چندن ژھانڈ۔ اَتہِ درٲیہ میٲنی چھٕکھی۔ ہسپتالہٕ والین چھُ پٔنن رِکاڈ صاف تھوٚن۔ تِمو کُر کاروٲئی۔ مےٚ دِژ کھ تار۔۔۔۔۔

مےٚ تھوٚ تار چندس۔ بیٚیس اَکس منز تھوٚم قمیض پاجامہ تہٕ بیٚیہ تُلم شرما سُندی کاغذ تہٕ منتز۔ دوٚپُم پتہٕ خبر کرپھسہِ۔ اَز تاوٚ یِیمہٕ کاغذ خاطر تڈ پوٚوُم نہٕ دِمِس پورے۔ پچھس روپیس روزِس منتھ۔ کاغذ آسی پتمہ ربتہ مُعامل ہانتز۔ ہل تہٕ آس بنے مزٕ۔ رتھاہ دُیُتس زٕ ٹھ۔ شرمانس بتز چھُنہٕ تیوٚت بوزان شرٕ وژان۔ یار چھُ۔ یا وُنو پٔنن نفر چھُ۔ ووٗنی گومےٚ اوس وُچھن داوس کیٚاہ لاگہِ۔ روپین

ہتن کرُن تانی کیاسا چھ یوان از؟

سٹیشنس پیٹھ اُس سخ بیر۔ مے کوٚر کُلی یُس اکس ستی فاصلہ۔ سُہ رٹہ میانہ خاطرٕ برٕتھ تہٕ بہ دِمس دٔہ روپیہ۔ سامانہ چھنہٕ مے کھنی۔ گاڑِ ینس آسی دٔہ منٹھ۔

کُلی دزاوتہٕ پاٚلشہِ وولاہ اَکھ آو۔ ٹھیلہِ منز کوٚڈُن اَکھ نفیس ربڈ پار۔ دوٚ پُن صرف ژونی۔ مے کھوٚل جل جل بوٗٹ تہٕ تمی نیوٗ منٹن منز لاگتھ۔ دپان چھُم کُڈسا ترٚے روپیہ ژتجی پاٚنسہ۔ کتھا کنز؟ ذٔہن برٔنجن دٔ روپیہ بحسابِ وُہہ پاٚنسہ فی برِنج۔ اَکھ روپے ژتجی پاٚنسہ ٹھکہٕ ونہٕ تہٕ پاٚلشہِ۔ بہ مانہٕ ہسہٕ؟ مے اوٚنہٕ مس عام تہٕ خام رٔٹتھ۔ کولل دوکھہ باز۔ مُسافرن ٹھگان۔ لاسن کتہٕ چھےٚ؟ نمبر کیاہ چھے شکایت کرے۔ شکاتین ہنز کتاب چھِ آسان اسسٹنٹ سٹیشن ماسٹرس نش ......
ساری تماشہِ گیر آسی مے ستی مُتفق زِ مے پزِ سُہ ریلوے پُلس حوالہ کرُن۔ تمِس اُسی ساری خشمہٕ لدٕ وچھمٕو وُچھان۔ سُہ اوس اکی ہونجہِ۔ بےٚ پرواہے درپرٕ گرِتھ۔ تِھِ اَندی اَندی دیٚ دٕوہش لجٕ تہٕ یوٚنہٕ ٹرینہِ ہنز چکھ گیہ تمی گرگوڈ نچی کتھ۔ "تیتھ کنز ژٔے ژونیہِ باٹا پار ویژھوے تِتھے کنز گرِ ژھنے ژے ساڑ ترٚے ڈبل تہٕ ویژھنہِ۔"

میون کُلی آوٕ دوان تہٕ دوٚ پہ نم پانس پتہٕ دوٚن۔ یتھ ڈبس سُہ اژتھ گژھِ تتھی اوس مے تہٕ اژُن تَس پتہٕ پتہٕ۔ یپاٚری تہو وبوٗٹہِ والی بڈ اطمینانہٕ سان میون بوٗٹہِ کھور پنہ نس ٹھیلس منز تہٕ ہیوٗتُن قدم دیُن۔ مے دِژ تس کُنی تھپھ۔ ساڑ

ژٕنے ڈبل تھوِمَس اَتھس کنتھ تہٕ اَتھ ژٕھنُم تسنٛدِس ٹھیلس مَنٛز۔ پَنٛن بۄٹہٕ کھور کوٗژُم مگر اَتھس سنے یم اَتہِ گرِ۔ مژھِ گرِ۔ بُتھس ءتۍ بُتھِ لاٗ گتھ ووٗنُم پاٗلِشہِ واٗلی لوتہِ۔

"کڈ بیہِ تُژ واہ رو پیہ تہِ ژاریوس اَکھ خوش کری۔"

بہٕ چھُس اَکھ نظر تمِس تژ اوان تہٕ بیاکھ ٹھیلس مَنٛز۔ نپہٕ نپہٕ کرن واجبن گربن۔ ہُپاٗری وُچھُم گُلی دَوان تہٕ مےٛ اَتھِ گلوان آلو دِوان۔ ٹھیلس کُن تژ آٗدم حسرِ تچ پتمٕ نظرِ تہٕ روخ کوٗرُم گُلی یَس کُن تہٕ اٗخرس دوریوٗس تۄری کُن۔

ژٕین چھِ وارٕ وارٕ پکان تہٕ گُلی چھُ اَتھ ءتۍ دَوان۔ بہٕ چھُس تمِس لونٛچہِ تھٕچھ گرِتھ۔ گاڑِ چھِ دار بوٗ کنٛز لوٗکن ہنٛز نرِ تہٕ زنٛگہِ الاٗنٛزٕ۔ گُلی یَن دِژاٗ رِکس زنگہِ تھٕچھ تہِ دژسہِ دی دی چھُس وَنان نیر۔ گاٗڑی چھنہٕ وُنہِ ٹھٕہرے مژ۔ زنٛگہِ وول کیاہ چھُ محسوس کران تہِ ہکوٗ نہٕ وٕنتھ تکیاز تسنٛز اَکھ زنگ تہٕ کلہٕ چھُ دارِ اَنٛد ر۔ گُلی یَن دِژ مےٛ کرٛ کھ:-

"ہے۔ یہوے نیرِ تہِ اَسنٛزٕ ے جاے چھےٛ رٹنٕ ۔ اٗمۍ ہنٛز زنگ چھنہٕ تژ اونٕ۔"

گاٗڑی رُکے یہِ کُنے یل دِتھ۔ گُلی یَن تژ اٗو زنگ تہٕ سُہ نفر آو پانٕے دارِ کنٛز وٕستھ زَن تہٕ اٗندرَ رے کُٹ تانٛ دکہٕ دُیتُس۔ تسنٛز صوٗژ کنٛز باسیوم وَدن کرٛ کھ دِژن یوٗ دزن شور شرس مَنٛز کہیں بوٗ زُم نہٕ۔ سُہ بیوٗٹھ اٗتی دگ شیٛہلا ونہِ واے واے کران۔ پیٹھٕے ہیٛتہِ ہَس اٗندرٕ پیٹھٕ ژٕنک بسترٕ ٹوٗکرِ بیٛترِ نبر لاینہِ یم سُہ لنگان

لنگان سۆمبران گو۔ پتہٕ تژاٰوتُمۍ تی بسترس تہٕ ٹرنکس پپٹھ لر۔ مطلب سامانہٕ آس سوٗرُے برابر۔

گُلی یَن وۆن مےٚ تَن وُچھِتھ۔ "ایمانداٰری چھنہٕ وُنہٕ ختم گاٲمژ"۔ مےٚ کوٚر مَس آنکار۔

"آہن ساٲپز رچھُو۔ نتہٕ کتہِ یِی ہے تیٚمس سامانہٕ برابر"۔

میون جواب بوٗزِتھ لاٲے گُلی یَن کلہٕ کنٕ وۅتھ تہٕ گوتیر کی پاٲٹھۍ اَمی دارِ کنہٕ گاڑِ اندر راٲژِتھ۔ مےٚ دِژن کرٕ کھ۔ "یُتھ نہٕ تھپھ تژاوکھ مےٚ۔"

مےٚ دۆپہ مَس۔ "ہانہ ساٲ۔ ژےٚ کیٛاہ زونہٕ تھس بہٕ نۆو مُسافر اہیوٗ؟ دۆہے چھُس سفر کران آسان۔ پژتھ آتھوارِ وُچھکھ ژٕ مےٚ ییتھۍ پلیٹ فارمس پپٹھ"۔

زنگوٚ ہیوٚ راوس تَس پان اندر تہٕ زنگہٕ آس نبر۔ مےٚ تھوٚو تَسندی کھورزٕ پنہٕ نین پھیکٚمن پپٹھ تہٕ گُنے دکہٕ اۆنُم۔ سُہ گوٚ سوٗرے اندر راٲژِتھ۔ مےٚ دوٚپ بہٕ تہٕ وُچھ ہاٲ کتہِ رٹہِ جاے۔ کلہٕ اوُسس بہٕ دارِ اندر کرانٕے زِ کٲژ تانۍ وول دارِ ہُند شُشہٕ ستر پوٚٹ۔ دارِ پوٚٹ پھوٚ مےٚ سیوٚد گردنہِ پپٹھ۔ کمہِ تانۍ مُلکچ پھاٲنسی پیٚیم یاد۔ تتہِ تہِ اَسی ناتِھے کنٕ گردنہِ شرٛاکھ واٲلِتھ کلہٕ ہیر ژٕٹتھ نوان۔ دۆپُم کیٛا مےٚ تہِ گژھیا سوے باٲش؟ یہِ گو ظُلم۔ رزِ الونڈ گژھُن تہٕ مرُن چھُ سہٕل۔ شُکُر زِ حبس اَسم براَبر۔ اَتی ژیوٗنُم زِیوٚدزن کلہٕ اندر تہٕ پان نبر چھُم گردن تہٕ پان چھُم برابر۔ کٹہٕ چشمو چھُس اندرٕ رانہِ گٹہِ تہٕ لوٗکہٕ ارساتہٕ مژرٕ ساران تہٕ وُچھان زِ میون گُلی

اوس اَکھ اَتھ نستہٕ تھپھ کرِتھ جکھان۔ تَس اُس نَس سیر یوان۔ بیٛیہٕ اتھ ستی اوس برٛتھس کھسنہٕ خاطرٕ جنگان۔ مےٚ اوس پان ژرینہٕ نیٛبر ی۔ ژرین ہیٛرٕن پکنٕ۔ سیٹی آسے بکھ بروٚنٹھ وآے ہرٕ مگر دارِ شستر پوٚٹ والن وٲلی آسہٕ ہےٚ نہٕ بوٗز ہرٕ۔

ییٚلہٕ گاڑی رژِہنا تیز ےیہٕ تہٕ مےٚ گاڑِ ستی رفتار تھونہٕ خاطرٕ پیٹرٕ پیٹھ دوٗن ہیوٚت اُمی نفرن تُج دآر تھوٚ دتہٕ مےٚ موکلےیہٕ گردن۔ بہٕ گوس پلیٹ فارمس پیٹھ کھڈا۔

پیٹھَے دژاوکُلی تہٕ گاڑِ نبر کُنی ووڈھ لآیتھ۔ یہٕ اوس ہیرِ بونہٕ رتھے رتھ۔ مےٚ کنڈ جل پننہِ بیگہٕ منٛزٕ کرتَھٕ تہٕ نس سیرِ تھوٚپ تھونہٕ خاطرٕ دِژمَس۔ تمٕی دِژ کرتنہٕ تھپھ تہٕ اَمی دمہٕ دژاو۔ اَتھ ستی ہووُنم ڈاکٹرس گژھٕ۔

وُچھ سآ اُمس بچاَرِس کیتِگ کھوٚت۔ رتہٕ دآدی گوبچو رمیانہِ خاطرٕ جاے ژھاران۔ پھیوٗرُم روپیہٕ زترٕ ے آسہے مَس دِژٕ مرٕ۔ چکاوِہرٕ تہٕ آسمس۔

ریل گاڑی آس ووٗنی دژاہرٕ تہٕ پلیٹ فارم اوس سوارِ نیرنہٕ ستی لوتیوٗمت ہیوٗ۔ مےٚ دِژ پکلون دِنن۔ زور دِتھ پھرٕم پنٕنی گردن۔ یتھ تھم لوٚ گمُت اوس تہٕ اڈٕ ژٹ گژھنہٕ نِشہِ زورَے بچے ہرٕ آس۔ ژٕچھنی کھوٕری دِژٕم ژھاَنڈ ییٚنچاہ ماچھُ کُنہِ خاٲلی۔ بہمہٕ بآ۔ اُتی سینوم کیاہ تانٛی کھورن۔ جل گوجہِ کُنڈ اُس۔ وُچھم کھورٕ اوسُس ننہٕ وورُے۔ اَکھ بوٗٹہٕ کھور اوُسم وُنہِ کھوورِس اَتھسے کیتھ۔ شاید تنے پیٹھ ینہٕ واتل ہنٛدِ ٹھیلہٕ منٛزٕ کوٚ ڈُمت اوُسم۔

بیگ تھوٚوُم پتھرتہٕ بیوٗٹھُس تتھی پیٹھ۔ توتہٕ وبہ ژ یوم نہٕ ووسہِ دژ وسہِ منٛز بیگ اَتھ منٛزٕ۔ شرماہنٛدی کاغذ ہتھ۔ اَمابہٕ اوسسہٕ شرماہس نِش گژھنہٕ خاطرٕ گرِ

دژ امُت کِنہٕ ناگ راجن ہنٛزِ تارمو کھ؟ شرماہَس نِش اوس الاکُل حال گژھنے۔ ہارن ہُند اوس پنٛج فنو رؤرتھ۔ بیمارٕ ی گژھہ ہسپتال تہٕ۔ نہ سُہ گژھہ غاط۔ گوبدمہ ہسپتال نظرِ ناگ راجنس تہٕ پتہٕ گو شرماہَس نِش گژھُن۔ تتہٕ ماموکلہٕ سُلی پتہٕ۔ راتَس تہِ گو پتہٕ تمِ کر ہے نِش راوٕن تہٕ پگاہ وُچھو کیاہ پروگرام بناوِ شرما۔

ناگ راجن تہٕ زانن بہٕ شرماہندی کنی۔ تہندِس بٲپس اوس نیتجر تہٕ یلہٕ اَسی براٰژ ستی گیے یہِ تِتی سمکیے یوو ناگ راجن۔ اَکھ عام جنوبی ہندوستٲنی۔ اَسہِ وُن تہِ سٹھاہ تہٕ سنجیدٕ تہِ سٹھاہ۔ سٹھاہ پوٚرمُت۔ زان پچھان تہٕ واقفیت کٲفی۔ سنجیدٕ کتھِ کران وُچھتھ۔ پرٕژ بولان۔ زن تہٕ کِتابو پیٹھٕ یاد کرِتھ فارمولا یہِ۔ اَسہِ کُن وُچھِ تہٕ پننہِ نوٚ نظروٕ ستی ساننِن اَچھن اندرٕ وٕستھ سائنس دہماغس تہٕ دِلس منٛز کیاہ تانی ساران باسان۔ بہٕ گوس مُتأثرِ۔ خبر کران کرٛاوان کیاہ! یہٕ نہٕ کانٛسی خبر۔ مےٚ تہِ پُرژھس نہٕ۔

چِٹھی لیچھے مَس مےٚ گوڈٕ۔ خٲلی رٕژر پاٹھ۔

توٚرٕ دُیتُن ژھوٚٹ جواب۔ "ییٚنہٕ ژٕےٚ تِتھے ہیوٚ گژھی۔ بہٕ گوس حارٲن چاٲنِ چِٹھی وُچھِتھ۔ چون تہٕ میون ہیوٚ تعارُف چھُ اَسہِ دوٚہس منٛز ہتَن ستی گژھان۔ پتہٕ چھا تِتھی تِچھ کرٕنی آسان؟ یِمن رِشتن چھُ نہٕ وُشنیر آسان۔ کھےٚ ساٗ کتھ۔"

مےٚ دوٚپ اَمِس گیہِ زیر دِنی۔ یا شاید سوٚنٛچ مےٚ تتھس موٚہنِوس ستی توٚلُق تھوٗن چھُ جان یا خبر کیازِ۔ ئلی۔ مےٚ لیچھٕ تَس بیاکھ چِٹھی تہٕ بس۔ تتھ پیٹھ

اوس مے پٔنن ژھوٹ پتاؤلیو کھمت۔ تی یتھ پیٹھ تاروأ ژ۔

گلی آو نہ اوتانی واپس۔ خبر وق کوت آسہِ ہے آمُت۔ بر یہ اوس شاید لوٗسمت۔۔ مے ہوظون تہٕ وُچھم مژھ پیٹھ پھنہٕ گرٕ ے۔ گیہ کوٗت؟ مے دِژ چندن ژھانٛڈ۔ بیگ وُچھم۔ اما واتل ٹھیلس منٛز آساتم واری یاہ گرٕ کِنہ میأنی گر؟ میأنی یاأ ژ گر؟ ژوواپأری دُیتم بیٚیہ اَکہِ لٹہِ نظرِ ستی ژھانٛڈو۔ گردن اُس نہ پھیرانے۔ اَتھ اوس باضأبطٕ تھم لوٗگ مُت۔ کلہٕ ہیوٚتن ووٚنی گیرُن۔ چایہِ کپ تہٕ سگریٹ گوٚ ژھ آسُن۔ تھوٚ دووٚتھُس تہٕ چایہِ ہٹالس اَکس پیٹھ گوس۔ کرٛشناٹی سٹال۔

ناگ راجنن کأژاہ دودٕ رٕس چاے چیٚنہِ تمہِ دوہہ۔ اَسہِ نأوِن سأری۔ دوٚ پُن اَسی جنوٗبی چھِ گیشامٕ دودٕ رستہ کریٚہنہِ چایہِ کافی ہنٛدی پأٹھی۔ اَسن کھنگالاہ ترٛ ووٚن تہٕ گوسنجید۔ " کرٛشن بھگوان اوس ناگرٛہُن؟ تسنٛز اکأیے کتھ چھےٚ مے پسند۔ ساسہ بزن ستی کوٚرن عٔشق تہٕ ساسہ بدبن ہٕنٛد لول نیشہِ نوٚون لوکہٕ چارس تہٕ تہٕ جوأنی منٛز تہِ۔ مگر رِشتہٕ روٗ چھُن نہ کانٛہہ۔ توتہِ روٗدُن تہٕ کیول۔ یوٗ گی شور۔"

چاے اُسم تیٚ گأمٕژ۔ کُنٛے دام کوٗژمٕس۔ أتی ییلہِ وُچھم چندس آسم نہٕ ہارٕ برابر۔ یاد پیوم کرٛتنہِ چندس منٛز چھم بٹوٗ۔ مگر کرٛتی چھم گلی یَس دِژمٕژ۔ چایہِ وألس ووٚنم گلی ییٚیہِ ضرور واپس۔ وُچھ کٕر کوٚتاہ زوٗژوٗٹ میانہِ خأطرٕ تہٕ مے کأژاہ ہمدردی کرٛمٕس۔

خبر گلی کوٗت آسہِ ہے گومُت۔ مے اوس ووٚنی کلہٕ زن گردنہِ ہنٛدِس

شۄژ ژس اندر بند باسان۔ گُلی آو۔ بہٕ گوس پنہٕ نِس انداز س پیٹھ خوش تہٕ چایہِ وأٹِس کُن وُچھم فخرٕ سان۔ سُہ اوس کَس تانی نِش ہارٕ رٹان۔ گُلی یَس آسہٕ ڈکس نستہِ وُٹھس تہٕ اَتھن دواہ پچہ تہٕ بنڈ یجہِ لأگتھ۔ گُرتنی گرنم واپس۔ مےٚ دِژ اَتھ چندس تھچھ۔ ہٹو اوس اُتی۔

گُلی اوس مےٚ کُن اسان اسان وُچھان۔ "بوبجی توہہِ توگ نہٕ گاڑِ کھسُن۔ کُو تاہ زُو ژوٚوٹ مےٚ! بٕرتھ تہِ موکلاوِیوٚم چانی خأطرٕ۔ توہی چھوٚ بڈٕ لبڈٕ۔ رتہٕ دأوِی گوس بہٕ تہٕ فأیدٕ؟ سداہ ڈبل رچہٕ ڈاکٹرن۔ خأر وونی چھوٚ بیا کھ گاڑی دوٚیہٕ گنٹہِ پتہٕ۔ بہٕ ووتہٕ سۄ۔ یییتہِ تھی روٗزی زِیٚو۔ یِنہٕ ڈٕلو کُن۔ سوچھےٚ صرف ترٛمن منٹن ٹھہٕران۔ رش آسہِ یییمہِ ژوٗ گن۔ اچھا......"

رژِ کھنڈی کھوٚل مےٚ ہٹو۔ سُہ اوس خأٹی۔ ٹِکٹ سأرم۔ سو اُس تتی۔ چایہِ وأٹِس وُچھم زٕ ترٛیہ خرید ار آورِتھ۔ بہٕ دژاس لوتی۔

زٕ گنٹہٕ گذُرے یہٕ کتھٕ تانی پأٹھی۔ ٹرین آیہ مگر گُلی گوٚنہٕ نظرٕ۔ بہٕ ووٚتھس تھوٚ دتہٕ دوریوٚس گاڑِ کُن۔ گاڑی ٹھہٕرے یہٕ۔ بہٕ پژاریوس دروازس تل اورٕ کینہ مُسافرن وسنس۔ یورٕ کھسہٕ وُنی اُسی نہ اورٕ کینہ وسنےٚ دِوان۔ مےٚ دوٚپ یہٕ غلط۔ لوٗکٕٹ شُری تہٕ زنانہٕ چھِ نیرُن یژھان۔ یم گوٚھن لتہٕ موٗنجہٕ۔ مےٚ رچہٕ نرٕ زٕ دروازس دولہٕ تہٕ کأنسی دیُتم نہٕ کھسنہٕ۔ مےٚ چھُ اَکھا اَکھ یل یِوان تہٕ باہ باہ ترٛکھ لکھ پھوان زِژ گس مام چھکھ مگر نرٕ زٕ واہرأوِتھ اوسُس بہٕ ژھوپہ گرِتھ صبر سان اُچھ زٕ اسمانس کُن تُلِتھ لوٗکن ہنزِ کم عقلی تہٕ توہہ تمبلی پیٹھ بگوانس یہندِ خأطرٕ مأفی منگان۔۔۔۔

أندر یُم ٹریفِک موکلیو تہٕ بہٕ ژاس اندر۔ ڈپوٗ گنی لۄکہٕ یلغارٕ ستۍ آس بہٕ
واوس منز ژھرِ کی پاٹھی ریلہٕ ڈبس اندر لاینہٕ۔ یِتھے مےٚ قدم ٹھیکہٕ رأوی بہ گوس
حأران۔ یِتیاہ مےٚ تھی بون ژھی تمہٕ ژوگنہٕ اُسی دار پوکنز اندر رژأمتۍ۔

مُشکِلن میج مےٚ وودنی جاے۔ ژھنی کھووری اوس لۄکہٕ ارساتک دباو
یِتھ زِ بہٕ ژھس نہٕ وودنی تہٕ ڈرِتھ ہبکان۔ گراہ ژھس أکس تہٕ گراہبیٚس کھورس
پیٹھ جسمک بار تراوان۔ یِتیاہ مُسافر سٹیشن پیٹھ ہٕتھ چھِ تمہٕ دوگن چھِ پتھرِس
پیٹھ۔ تہٕ یِتیاہ پتھرِس پیٹھ تمہٕ دوگن سٹیشن۔ بہ تہٕ بیٚمہٕ ہأ مگر سہٕ کتہٕ؟ چونکھر تیٚے
کرِ پانس تہٕ کوٗتاہ! میانِمن کھورن پیٹھ اُسی لۄکھ، زنگن ستۍ ڈکھ دِتھ اُسی لۄکھ۔
مےٚ گُر برتھس أکس تھس أکہٕ اتھٕ تہٕ بیٚیہٕ اتھٕ روٗٹم بیگ۔

اَنہٕ گٹہٕ اُس گاٹہٕ موتہٕ بجلی اُس ژہُ۔ گاڑی اُس دَوان تہٕ لۄکن للہٕ
وان۔ تمِن آسن ٹھولہٕ ہمہ موٗ گوھنہٕ۔ مےٚ تھچ ژرتہٕ بیگ تھوٚوم بیٚس اَتھس۔
بُرتھس پیٹھ اُسی لۄکھ برونٹھے آرامہٕ سان زنگہٕ واہراوِتھ شوٚنگتھ۔ یمن بونہٕ کنہٕ
کوتے کاہ گوُمُت اوس تم تہٕ اُسی تِتھے کنۍ بے فکرِ پاٹھی یا تہٕ گتھٕ کران یا سگریٹ
بی ڈی داماہ داماہ چوان۔ اَمن کھنگالہٕ تہٕ کتھ باتھ لیٚہر آسہٕ دُنہٕ تہٕ منزی منزی
یِوان۔ مےٚ برونٹھ کنہٕ یُس اِنسان سیٹھہٕ ڈندرِ پیٹھ ہٕتھ اوس، سہٕ آوکھر ٹکھ گرِتھ
بُتھی کنۍ بون لاینہٕ۔ تمِس اوس أکس اَتھس کیتھ پنہٕ ژتھرن ہُنڈ ڈونہٕ۔ یتھ اندر
ربہٕ تھپاہ ہش سبزی اُسس یوسہٕ ژوچہٕ ستۍ کھوان اوس۔ ڈونہٕ آوزن تہٕ دُڈان
تہٕ سیٚنز دآو مےٚ کوٗتھس فِٹ۔ ٹوپہٕ ہندی پاٹھی۔ تہٕ ربہٕ چھپر والان پیوم بوٗٹس

پیٹھ۔ کأنسی گرٕنہٕ کتھ۔ أمی نفرن شرۆ پرووٕلوتی پان أتی پتھر۔ اَتھ سیٹھٕ پیٹھ یُس شۆنگِتھ اوس تٔمی وأہرأ وووٕنی بیٚا کھ زنگ تہٕ لرِ پھیرُ دِتھ ہیٚتنٕ کھرو کھ مارٕنی۔

بےٚ یوت چھس نہٕ وووٕنی۔ درواز س تہٕ ٹھچہِ نِش تہٕ ٹھچہِ منٛز تہٕ چھِ واری یاہ وووٕنی۔ کٔر سنا؟ مےٚ گنٛز رأوی اکھ ترٕ ترٕ ے...... ستھ...... ترُٕ واہ......اَکہٕ وُہ......

ستووُہ۔ بہٕتھ کٔر چھِ؟ پنٛژ ترٕ ہ......ستہٕ تأجی......دُونٛزاہ...... گُن ستتھ۔ بٔرتھن

پیٹھ کٔر چھِ شۆنگِتھ؟ شےٚ۔ سٹہن پیٹھ کٔر و چھےٚ زنگہٕ واہرأ ومٕژ؟ پانٛژوَ۔ لبہِ پیٹھ چھُ

وٚیٹھن أچھرن منٛز لیکھتھ۔ سأٔلم ڈبہٕ چھُ صرِف ژۆوٕہن نفرن ہنٛدِ خأطرٕ۔

کرٔن تہٕ کیٚا لۄکھ۔ مجبۄری چھکھ۔ یِمن سیٹھہٕ تہٕ بٔرتھ والیٚن چھےٚ زیادَے مجبۄری۔ دۆہلی نَے شۆنگِتھ روزن تہٕ شامن کُس دِیکھ اَتیتھ شۆنگنہٕ۔ مےٚ ہیۆتُن پان تکرُن۔ أڈی جَن زن گیہِ لٔر۔ کھورن آو وائے۔ یۆٹُس اندرٕ ے ہیۆتُم ٹیٖنڈ بن سور سور کرُن۔ ئٔر بدلأوِم بیٚیہِ۔ ووٕنی موکلأوِم اکھ ئٔر پۆرٕ پأٹھی۔ بیگ تھۆوُم تتھےٚ اَتھس نیوٹھس الوٗنٛد۔ یِیمہِ ستی بٔرتھ ہِکس ڈنٛڈس تچھ گٔرتھ کھڈا اوسُس۔ بیٚا کھ ئٔر گیہِ پۆرٕ آزاد۔ نرٕہو علاوٕ اوسُس بہٕ ووٕنی کلہٕ تہٕ ہیکان ٹھیک پأٹھی پھرٕ نأوِتھ۔ گردنہِ ہُنٛد تھم تیتھے یاد پیوم أچھے یاژٕ پھرٕ ناوٕنہِ باسیوم رژھاہ سہٕل۔ پأنس أنٛدی أنٛدی وُچھم اڈرأ ژہنٛدِس سۆ تے ہِتس ماحولس منٛز ٹھولہٕ کرٕنہِ پلو پھُٹجہِ۔ پھُٹجیے پھُٹجہِ۔ ووٕری وأنس منٛز واہرأ وِتھ ہِل کٔژ ییرٕ تہٕ پھنٛبہٕ ڈینٛجہِ۔

خبر کیٚأری گولیلام وولاہ نمۆدار۔ تسنٛدِ انہارٕ تلے تۆ رُم فِکرِ یہِ چھُ لیلامہٕ گۆر۔ أمِس چھِ ٹھیلس منٛز واری یاہ چیٖز تہٕ تِمو چیٖز وٕنٛژ چھِ أمِس صرِف سٹیل بانہٕ

کٕنٛز۔ أمِ دِژ بکھ تہٕ ڈیٚنجِہ گیہِ ہُشار۔

أمِ کوٚر ایلان زِ چیٖز ہاوِو بہٕ واری یاہ۔ آیم برابری تہٕ کنہٕ۔ آم نہٕ قمتھ تہٕ بوٗلی دِنہ والین دِمہِ ینامہٕ مگر چیٖز نہٕ بوٗلی دِزبو ضروٗر۔ گوڈٕ کڈٕن بیٹری سیلہ برِتھ۔ "ڈٕنو ساٗ روپے، ژٕ، ڈایہٕ۔ بس ہتہٕ ساٗ بوٗلی دِنہٕ والین کنگوٗ کنگوٗ ینامہٕ۔ پتہٕ کوٚ ڈُن سٹیل تھال۔ وٕن ساٗ ژور، ساڑ ژور، پانٛژستھ اٗٹھ۔ بس؟ نہ ساٗمے چھوٗ نہٕ اتھ پٔٹھ برابری......"

"پنٛژہمہِ روپیہِ کم ہیکو وٕنہٕ بہٕ کٕنِتھ۔ ہتہٕ ساٗ ڈایری ینامہٕ۔"

مےٚ چھ خبر اُمِس چھُ یہِ تھال کٕنُن۔ برابری تہِ چھس۔ یہِ چھُ ڈرٛاما کران۔ ووٚنی کڈ تمۍ اکھ نفیس تولیا تہٕ اٗنہٕ۔ "ڈٕلوِ ساٗ دوشوٚنی ...... ہانہہ؟ نہ ساٗ۔ رٕٹوِ بولہِ واٗلی بٹو بٹو ینامہٕ"۔ ووٚنی ہیٚتِن خرید ارپوٚر پھاسوٚنی۔ ینامہٕ دِی دِی چھکھ ناوِ والان۔ یہِ چور گرٕ ڈٕس کوٚتاہ خوش گوٚ گوڈٕ کنگوٗ، پتہٕ ڈایری تہٕ پتہٕ بٹوٕ رٕٹتھ۔ مےٚ چھِ خبر ووٚنی تُلہِ تھال ہینہٕ۔ تیٚ کوٚرُن۔ ستی کوٚ ڈُن گلاسہ۔ مےٚ تہٕ چھُ تتھے کٕنٛز سفرس منٛز اکِس بولہِ منٛز گلاسہ ہیوٚ تمۍ تہٕ تتھ چھِ اکی چھلنہٕ ژٕ دی شناٗے گاٚمژ۔

أمِ ہیوٚ بوٗلی دِنٛی۔ اٗٹھ، ڈہ، پنٛداہ، وُہ۔ ژٕ توٗ وہ دِژ گریسی بوٗلی۔ ہاو ساٗ ہارٕ۔ رٕٹھ ساٗ۔ گریسی تُل دستار تھوٚد تہِ تمہٕ منٛز کڈٕن پانٛسہ گوڈٕر۔ میٹ گاٚمتی نوٹ کڈٕن تہٕ دِتی نس۔ یوٚت یوٚت تانی آم زِ ونس ہیو بابا یا ماہے۔ مادِ بوٗلی۔ مگر کٕہنٛز ووٚنُم نہٕ۔

لیلامہٕ وول دژ اور وپیہِ ژٕتھ تہٕ گژ پسی ہندہن سِٹیل بانن لۄگٕ ٹلہٕ تژ او۔ سارِنے ہنٛز راے اُس بانہٕ چھِ نقلی۔ سراسر دوکھہٕ۔ گژٕس کوٚر ژکھ کلِہٕ کلِہٕ۔ دوکھ کوٚرنَے یِہ چھُ نہٕ سِٹیل۔ ژٕ وبسہٕ زیوکھ۔ اُسی کونہِ کھٔتی دہہِ تہٕ پنداہہٕ ہیوٚر۔ ژٕے گوکھ نیٚرتھ۔ کتھِ کتھِ آوتس بچارس جیرٕ تہٕ گوتھوٚ دۄٕ ژتھ۔ دوٚ پہ نکھ کوٚت سأ گو یِہ بانہٕ وون۔ یہٕ ہسأ کرس واپس۔ درواز پیٹھٕ دِژس کٔمی تانی کژکھ زِنہ گو بیٚیس ڈٔبس چلہٕ ؤنہِ ریلہ منٛز نیٚبرٕ ی نیٚبرٕ ی الوٚند الونٛدٕ ے!

گرہسی کوٚر مألکس کُن شکر زِ أمس جُرتی راہزنس نِش بچوس زٕو۔ نتہٕ گُس ونہٕ ہأ اڈرأ ژ۔ بحث لوٚگ ووٚنی أتھی مسلس پیٹھ۔

مےٚ بدلأوِ ٹر۔

سانی ڈبہٕ کِس اَپاری مِس خانَس گو شور۔ مےٚ پھِر گردن تہٕ وُچھم۔ دارِ پوٚٹ اوس نیٚبرٕ ی کُس تانی مۄژران۔ سوار بومنٛزٕ اوس نہٕ کہنٛہ بہٕران دأ رمۄژ رِتھ وُچھِ ہے کُس چھُ۔ اُسی تَن ژوٕ رڈا کوٚبند ؤ ل ۔ـہ۔ کٔمی تانی ووٚن خطرِچہِ رزِ لٕمو۔ کوٚٹھی دَرے یِہ نہٕ کأنسہِ۔ أتی گو دارِ پوٚٹ ہیوٚر کھٔستھ تہٕ اَپأری دژ اوأ کِس لڈکہٕ سُند بُتھ نوٚن۔ تژ واہ ژو داہ وُہر لٔڈکہٕ کلس پیٹھ چنہٕ چھاپرٕ ہبتھ۔ ووٚنی کُر سوار ہو ہمتھ۔ یُس تٔتی بہتھ اوس تمۍ پُژ ژھس ژٕکُس چھُکھ۔ لٔڈکن ووٚنہ نَس چنہٕ کنہٕ ہأ أندرٕ۔ یِہ ووٚتھس گاڈی ٹھٔہرِتھ کونہٕ ژاکھ؟ جواب ذیُتہ نَس۔ ہُپأری مِس أکِس ڈبَس اوُسس ژامُت مگر تنہٕ اوس نہٕ ڈوڈس گنٹس گاڑِ ٹھٔہرٕ نے۔ آوٕ ے آس نیٚبرٕ ی نیٚبرٕ ی۔ مےٚ دی تو اندرأ ژنہٕ۔

بیٚیہِ کوٗنہٕ دِژٕکٕمۍ تانٛی کرٛژکھ۔" ہے اَشزٕن کتھن کُن مہ سأ گژھ۔ یِم گیہِ

کُبہِ بتھِ رامہٕ ہوٗنٛی۔ خبر کأژاہ جمات آسِو اَمِس پتہٕ۔ اَمِس دیتِو اَژنہٕ تہٕ سأری

اَژنو پتے۔ "بیٚا کھ آواز آیہِ۔ "خبر کوٚت وأتی۔ خبر کتھ جنگلس منٛز چھِ۔ پیٚیہِ تَن

ڈاکو جماتھ واٗتتھ۔"

أتی ووٚتھ اَکھ بَرتھٕ وول تھوٚد۔ دوٚیہ نکھ یتھ نہٕ ترٛ آویہٕ ان۔ تتھے کٕنٛز

روٗزِو دون مِنٹن۔ تمۍ کوٚڈ شانٛدٕ تلہٕ صوٚندوٗق۔ تمہِ منٛزٕ ڈبہٕ۔ تمہِ أندرٕ بُلیڈ تہٕ کُنی

ووٚتھ لأین بون۔ کس تانٛی پیٚیہِ کمرس لتھ ئہ گو چکر اَرے گرِتھ ہُشار۔ برٕتھ وألی

ووٚن سارِنے کُن بُلیڈ گلہٕ ناوان:-

"تتھین غُنڈن گژھِ نہٕ اِنصاف کرُن۔ یِمن گژھِ موٗلے ژٕٹتھ نیُن۔

وُنی دیتکھ تیمِس گرٛیستس بچارِس دوکھ۔ ٹینہٕ کھنٛجہِ زٕ حوالہٕ گرِتھ دژاوسہ تہِ تتھے

کنٛز اَکہِ ڈبہٕ پٹھ بیٚیس ڈبس۔"

تمۍ نیوٗشی کرِتھ نیبری آلانٛدِس لڈکس اوٚ نگہٕ جبن بُلیڈ وألتھ۔ خوٗنہٕ بُر

پھُٹرٕ تہٕ لڈکس ژٕج کرِبھ نیرِتھ۔ توہ پھلین ہنٛدی پأٹھی وُڈے یہِ چنہٕ پھٔلی أمِہٕ نٛدِ

کلہٕ پیٹھ۔ لڈٕ کہ گہرٕ مگر تھپھ ترٛ آوُن نہٕ۔

أتی آوٗ ننٛے یِلہ تہٕ گاڈی گیہِ یکدم ٹھہرتھ۔ کُمۍ تانٛی اوس خطرچہِ گنٛٹی لوٚمہٕ

مُت شاید۔ خبرِ لڈٕ کہ ووٚتھ دِتھ ژوٚلا کنہٕ ؤستھ پیو۔ لوٗکھ آسۍ ڈبومنٛزٕ ووٹ لأے

لأے کوٚت تانٛی دَوان۔ سانہِ ڈبہٕ منٛزٕ تہِ دزایہِ واری یاہ۔ دوٚ پُکھ کُس تانٛی چھُ ریلہِ

تل گومُت۔ یہ تہِ ووٚتھس بون۔ کوٚتھین دزایم ٹسہ رارے۔

نیبرٕ اُس ژھٹھ کِنہٕ میےٚ اُس ترٕ ۔ مےٚ ژایہِ دنٛد تکر۔ اَنہِ گٹی کڈٕم ہیگہٕ منٛز
قمیض ۔ سوا اُچم پیٛٹھٕ تہٕ دژاس بہ تہِ توٗری کُن وُچھنہٕ ۔

اَتہِ اوس لۄکہٕ ارساتھاہ آرٕ کونٛڈل بنأوِتھ اَکِس لاشہِ أندی أندی ۔
کھورنیوٚ ٹھ پیٛٹھ تالہِ تانی اُسی کَمِس تانی زِ حِصہٕ گأمتی ۔ اَکھ حصہٕ اوس ریلہِ پٹرِ اَکہِ
طرفہٕ تہٕ بیٛیا کھ بیٛیہِ طرفہٕ لارِتھ ہیوٗ گومُت ۔ خوٗنہٕ چھکارٕ اوس فِش پلیٹس پیومُت ۔
پٹرِ پیٛٹھ اُس دوٗرتانی ووزٕج رکھ ہش گأمژ ۔ یِہ ووزٕج رکھ ۔ مگر پلَو اُسی لاشہِ
موٗرنہٕ آمتی تہٕ یمن اوس وُشنہِ رنٛگ بہاووتھان ۔ گاڈتہٕ ڈرایور اُسی لۄکن ہُند بحث
ژھوپہٕ کَرِتھ بوزان تہٕ وُچھان ...... یہِ چھا خودکشی کِنہٕ ایکسی ڈنٹ ۔ لۄکھ اُسی
انداز لگاوان ۔

پتہٕ ہیٚتِن ڈرایور گاڈتہٕ لۄکھ وارٕ وارٕ کتھ کران کران نیرٕنی تہٕ رژِ کھنٛڈی
رۄدنہٕ اَتہِ کہنٛژ ۔

ژوواپأری اُس اَنہِ گٹہٕ تہٕ ووٚنی اوس نہٕ کُنی کینٛہہ بوزنہٕ یوان ۔ گاڑِ دِژ
چکھ ۔ لۄکھ کھٔتی واپس تہٕ گاڑی دژایہِ ۔

مےٚ پھُٹی قدم ۔ بہٕ چھُس نہٕ وُچھان کینٛہہ نہ بوزان تہٕ نہ سونٛچان ۔
شۄ وۄزدٕ ہیوٗ ووٚدنی ...... مےٚ زن ہیٚژ لاش وَنہِ کڈٕنی ......

خبر کتی کالی گیہِ دوٗرِ کتھ کتھ ۔ واری یاہ نفر، شاید نزدیکی گامکی، آیہِ
لالٹین ہیےٚ ہیےٚ ۔ بہ ووٚتھُس یمن کُن ۔

"ہے یہِ ہسا چھُ ناگ راجن ! وُچھوٗس چنٛدس ۔ چنٛدٕ چھوٗ اُمس

اوٚرٕ ے۔ پیٹرِ أندری چھُ فِش پلیٹس لاٗرِتھ گوٗمُت ......"

تہٕ لُکھ روٗدی ہانگل ہوٗری مےٚ وُچھان ......

بہٕ وۄتھ سکھ بیٚیہٕ۔ "وُچھو ساٚ چندس اندر آسہِ وٕ اُمس میٲنی چِٹھی۔"

تِم چھِ توتہِ ہے بنگہٕ ہوٗری مےٚ وُچھان۔ مےٚ وۄنہٕ مکھ بیٚیہٕ۔ "ہے یہِ چھُ

ناگ راجن۔ وُچھِو توس چھس ناچندس میٲنی چِٹھی۔"

تموٲنی لالٹین مےٚ بُتھِس نِش ہیٚرِ یوٚنہٕ گُرہم نظراہ۔

یِمہٕ وٕ ے گونہگار چشموٗ وُچھِم تِم سأری دژایہِ تہٕ گیہِ وارٕ وارٕ واپس ......

اِطمینانہٕ سان ......

مےٚ پیوٗ ظون۔ مےٚ اُس رتہٕ داغل قمیض نٲلی، یہِ اُسم اُدی بیگہٕ منٛزٕ

کڈِتھ بامبرِ ہوٚت اٲچھٕ۔



# اَکھ کاگدٕ ڑٕ ے

پٔنٕنہِ گدُرنٕچ یہِ ڈٕلیل چھُسَو یَتھ شرطَس پیٹھ وَنان زِ یَتھ مَنٛز چھُ مُصیبتَس صرِف مُصیبتھ معنے تہٕ صُبحس صُبح ۔ وُنیٖ کِس چھُس بہٕ صُبحس پژاران ۔



میانہِ مُصیبتٕچ ڈٕلیل چھےٚ یی زِ ترٛےٚ وٕری بڑ وٹھ گیوس بہٕ سَس پینٛڈ ۔

ساڑ ترٛےٚ رٕتھ اَسہِ نوکری لگیٚ ہِتس گاٗمتِ ۔ اَکہِ دوہہ پھٔوٚرُم پٔنٕنے لالچ تہٕ نَفرس اَکِس نِشہِ پانٛژھ روپیہِ رَٹنس پیٹھ گوس سَس پینٛڈ ۔ پٔنٕنہِ مطلبٕک کاگدٕ مےٚ اَتھِ ڈِسپیچ کرناوِتھ تہٕ چَنٛدس تھٔوِتھ تہٕ مےٚ روپیہِ دِتھ گوسُہ سیٚوٗدٕ ے صاحبس ۔ مےٚ نِش آوتمی دَمہِ پانٛژٕ روپٕیٖن نوٹ ضبط کرنہٕ تہٕ میانٛس موطلی ہنٛدِس

آڈرس ستؠ تٔھٲگ کرنہٕ۔ کیس گو ہیڈ آفس، تتہٕ پتھ سکٹریٹ۔ سکٹری ین سۄز
جنرل ڈِپارٹمنٹ۔ تتہِ پتھ گو انٹی کورپشن۔ پتہٕ آو تحقیقاتس دوران واپس سون
دفتر۔ نوٹ تہٕ جواب نوٹ ہیتھ گو بیٚیہ واپس تہٕ اَخرس آو گل ستہِ ریتؠ موطلی ہٕندِس
آڈرس تصدیق کرناوتھ تہٕ کاگد سیر جوراہ ہیتھ پھیرِتھ سون دفتر۔ اَتھ سارٕی سے
سفرس دوران رؤد پانژٕ روپیٚن نوٹ فایلہِ ستؠ۔ وُنہِ تہٕ چھےٚ اَمہِ نوٹہٕ چہِ دشہِ فایلہِ
ہٕندِس زٕ ہتھ تہٕ ستہٕ نمتہٕ مس نمبرس لگتھ روزِ محشرس پزاران، یتھ تتہِ تہِ شہادتھ
دِن۔

یؠت کال لاریؤس بہٕ پتہٕ جبمن۔ ہتہٕ بٔدی درخاس لیکھم۔ اپیلہٕ کرم۔
مِنسٹرن سمیکھوس۔ مگر گنہِ وَتہِ گوس نہٕ بحال۔ دفترٕے بدلے یہِ۔ صحب تہِ
بدلے یہِ تنہٕ پتھٕ یِمو مَنزٕ کینٛہہ عارٕی تہِ اَسؠ مگر سارٕی اَسؠ مجبوٗر۔ تِکیا زِ پانژٕ روپیٚن
نوٹ اوس گنہِ تہِ تتھس نوٹس زنگہٕ کڈان یُس میانہِ حقہٕ آسہِ ہے۔ کلرک بٲے
اَسؠ نہٕ مےٚ گُن وُچھان تہِ۔ میون دَفتریُن اوس تِمن پننہِ باپتھ پھیٚشِل باسان۔
تِم اَسؠ مےٚ بتھِس پتھ وَنان زِ چانہِ ستؠ چھےٚ اَسہِ اَسامہِ پھیرِتھ گژھان۔

صرِف اوس ہیڈ کلرک محی دین مےٚ ہمدردی ہاوان۔ وَنان اوسُم زِ اَز تہِ
کرناوتھ بحال تہٕ پگاہ تہِ۔ میانہِ جایہِ اوس تِمؠ عارضی طور پٔنن باپتھٕ لوگمُت۔ تَس
مُتلِق تہِ اوس وَنان زِ اَز تہٕ کرناون مُستقِل تہٕ پگاہ تہِ۔ دفترُک سپرٕی ڈنڈ اوس
ترقی پزاوان گومُت تہٕ وُنی کیٛس اوس دفترُک اَفسر یوٗ ہے۔ اَمہِ کتھِ دِژمےٚ ہیمتھ
تہٕ بہ گوس تَس نوِسرِ اَکھ زیوٗٹھ درخاس ہیتھ۔ یتھ مَنزٕ گوڈٕ پٔنن واویلا کوٚرمُت اوسُم

تہٕ پتہٕ تٔسندِس خاندانس تہٕ فراخدلیہِ تأریف کٔری متہٕ ۔

چپرأسی تٔژ وونُس نہٕ اَندر رتہٕ اُڈِس گنٹس پتہٕ نووُنس بَرس تل ۔ دۆ پُن مِلٹنگ پھچھے چلان ۔ زَن نہٕ زانہہ زانہٕ ہیم ۔ اُکرِ روٗٹُن میٚون سِلپ تہٕ ژاوُسہ ہتھ اَندر ۔ مےٚ ہیٚژن وأنجہِ دبراے گوہنٕ ۔ یہٕ اُسم خبر زِ اُخری موقہٕ چھم ۔ کانہہ قأید قونوٗن اوس نہٕ میانہِ گنہِ ۔ کأنسہِ کلرکہ سُند نوٹ اوس نہٕ وونی میانہِ حقہٕ ۔ صِرف ہیکہِ ہہَ کأنسہِ خودأیی سَبب گارِ سُند رحمہٕ کرم مےٚ بچأوِتھ ۔ یہٕ نوٚ وصحب اوس رحمدِل باسان ۔

نیٚبر کنہٕ وودنی وودنی ہیٚرٕ مےٚ ترمہٕ گتھ ڈرراونہٕ یمہٕ اُمِس وَننہٕ آسم ۔ پننہِ بے کسی ہنٛز گتھ ۔ غُربت تہٕ اِفلاس گتھ ۔ موٗنڈ پوٚپھ تہٕ تٔژ بن شُر بن ہنٛدِ خام عیالچ کتھ ۔ مجبوٗری تہٕ لاچأری ہنٛز وِیٚژھنے کٔرتھ اوسم اُمِس عار اَنُن ۔ اوٗش ہیٚوتم اُچھر والن تل بکہٕ کرُن ۔ سوٗنچ مُت اوسم زِ سأرے وِیٚژھنے بوٗزِتھ تیٚتھے وَنم زِ ژٕ اَن یمہٕ سازِ یے کتھ درخاس مَنٛز لیکھتھ بہٕ کڈٕ چنٛدٕ مَنٛز درخاس تہٕ دِمس ۔

چپرأسی آو تہٕ دوٚ پنم اَژھ ۔ مےٚ پوٚکنن زن زر ۔ ڈنٛس تام یُس شور بوزان اوُسُس سُہ گو یکدم بنٛد ۔ دیما غس گو خاموشی ہُند لیٚوٗب ۔ بہٕ ژاس اَندر ۔ صاحب اوس کیاہتانی لیکھان ۔ بون کُن وُچھانے کوٗرُن کیاہ تام "ہُس" ۔ مےٚ آیہ سارِیے سوٗنچ مِژ گتھ تہٕ بیچھم ہُٹس دولہٕ ۔ رَژِ کھیٚنڈِ تُل تمہٕ کلہٕ ، مےٚ تٔژ اُون نظرِ تہٕ کوٗرُن بیٚیہ "ہُس" ؟ وونی گو مےٚ اَتھہٕ سیٚوٗد چنٛدس کُن تہٕ اَتہِ کوٚڈم درخاس ۔ صاحبن پلہٕ نوو کھوٗرِ اَتھہٕ تہٕ مےٚ دیُتس درخاس ۔ تمہٕ تھوٚو یہٕ ژٕ ے مَنٛز

تہٕ مےٚ ہیٚژ وو بیٚیہِ کیاہ تانٛ وَنُن۔ گژھن گیہِ اَسس منٛزٕ ے موٚنڈ تہٕ وُڈھ ہیٚتن تھأنتھرٕ نٛ تہٕ وزٕنیٚ۔ تٔمی وأے گنٛٹی تہٕ چیر أسی تژٕ ووبیا کھنفر اندر تہٕ بہٕ کوٚڈنٕس نَرِ تھٕچھ گرِتھ برٕ نبر۔

بہٕ چھُس قدم قدم دِوان تہٕ تمن سارِنی گژھن سَن سَن گران یمہٕ مےٚ صاحبس نِش پھورِ منٛزٕ آسہٕ نہٕ۔ ہیٚرٕ پأوس پأدِس چھُس وَسان تہٕ صاحبہٕ سٕندِس لَبَس لِہجس وبژھنے کران۔ تَسٕندِ گوڈنکہِ "ہٕس" پیٹھٕ میٚون درخاس ژٕ ے منٛز تھوٚنَس تانٛ گنڈُ ریوٗمُت اَکھ اَکھ ژیٕہُہ پیوم ژٕہتس۔ أچھو پیٹھٕ ہیٚژٕنَم ژھاپٕنھ وارٕ وارٕ وٕتھنٛز تہٕ رژٕ رژِ ہیوٚتم سوٗرے بوزنہٕ یُن یہِ نہٕ تمہِ وِزِ بوزنہٕ آمُت اوسُم۔ کمرس منٛز أسی صاحبس علاوٕ بیٚیہِ ترٛے نفر۔ تمہ أسی چایہِ دام دام چھوان تہٕ فایلَن منٛز کیاہ تانٛ لیکھان۔ ہیڈ کلارٕک محی دٕین اوس صاحبس ٔچھِنٛ کنٛز ووفی تَس اَتھِ کاگدن دسخط کرناوان۔ سُے یوت اوس مےٚ گُن گوڈٕ پیٹھے وُچھان۔ نارٕتھو نگل ہشو أچھوزَن تُتی کھتھ ژٕھنہِ ہیم۔ گُٹھ اوس سگریٹ دٕہہٕ برِتھ تہٕ سأری أسی بڈٕ بڈٕ گتھٕ گران۔ میانہِ اَژنہٕ پَتہٕ اوسُن شور اَسن کھنگالَن تہٕ مذاقن منٛز تبدیل گژھُن ہیوٚتمُت۔ بہٕ آسہٕ ہامِنٹ داہ مرٕ کمرس منٛز ووفی۔

/ گیٹس نِش واتان واتان اوسُس بہٕ پوٚرٕ حسبہٕ پھیوٗ رمُت تہٕ پَننہِ نابکأری پیٹھ پچھتاوان۔ بےٚ ٔکتین لوکٹین بڈٕہن اَفسرن سمکھیومُت اوسُس۔ منِسٹرن تانٛ فُری یأدی گومُت اوسُس تہٕ اَز کیا زِ نٹیوس۔ اَز ییلہِ مےٚ یہِ ووفی أخری موقہٕ اوس، یہِ تہِ گوم اَتھہ۔ ووفی گتہِ کھَسِم نوِ سَرِ کیس۔ درخاس تھوٚ و

صاحبن ژے منز۔ پرٕتھ باسیس صاف زِ بہٕ چھس تس بے وُقوف زانتھ بُتھ ہنز

گران تہٕ ناحق رعایت منگنہٕ یِژھان۔ خاندانکی تہٕ اصل ذاتُ ژھندی تارِیف کیاہ

گرن قونُنس؟ واویلا ستی چھا درخاستس وزن ہران؟ مجبُوری یا لاچاری چھا

قأیدن پھرتھ ہیکان؟ مےٚ دوٚپ مے گرزند گیہ ہنز سارِوٕے کھوتہٕ بڈ غلطی۔

کلارک اسِتھ تہٕ توگنہٕ مےٚ ڈرافٹ لیکھُن۔ گوڈ ڈرافٹ کیاہ لیکھ ہا؟ یمہٕ آسہٕ

زبأنی گتھ۔ یہ زہو گرتہٕ کرنہٕ ہتھ نوٹہٕ تہٕ۔ سوتہٕ گیم عنبنگلتھ۔ مےٚ پھُٹ قدم تہٕ گوس

گیٹس نِش بہتھ۔

خبر کتِس کالس بیوٚٹھُس یتِھے کنی۔ ژور آسہٕ ہن بجے مژ۔ دفتری ہیتِن

نیرنی۔ یمو منز آونہٕ مےٚ کأنسی ہُند بُتھ پرزناونہٕ۔ اکس محی دینس ورأے اوسُم

نہٕ کہنی بُتھ یاد۔ صاحبہٕ سُندس کمرس منز تسُند خشمہٕ لد بُتھ اوسُم نہٕ اچھو تلہٕ ڈلانی۔

سُے باسیوم سارِوٕے کھوتہٕ دردِل تہٕ ہمدرد۔ تسُنز اکھ اکھ بزأنی کتھ ژھتس پتھ

ہیوٚتنم تسُند یہ وہو ہاررُت باسُن۔ پتِن باپتھٕر میانہٕ جایہ لأگتھ زن گو ژھ نہٕ سہ

میانہٕ حقہٕ یوٚت ژُکی درلاگُن۔ محی دین اوس فرشتہٕ۔ سُے یوت اوس نہٕ میأنس

دفترینس پیٹھ دزان۔ تسی اوس نہٕ اسامین تھوتھ گرھان۔

اچھ لجہم دفترکس دروازس گن درٕ تہٕ یتِھے محی دین نیران وُچھم بہٕ

وُتھس تھوٚد۔ پتے رؤدسس پکان۔ ذچھنہٕ کھووری دِژم نظر۔ کانہہ اوس نہٕ

وُچھان۔ قدم زیٹھ رووم تہٕ لوٚگس تس ستی پکنہٕ۔ سہ گونہٕ مےٚ وُچھتھ حاران

زن خبر اسس زِ بہٕ آسہٕ گیٹس تل پزاران۔ مگر نہٕ گرٕتمی کتھ نہٕ بہٕ یوس بے تس

کیٚنٛہہ وَنہٕ نَس ۔ أسی رُوٗدی تو تانی ٹٔےٚ ٹٔےٚ پٔکان یوٗ تانی أکِس ہوٹلس نِش وٲتی ۔ سُہ ژاو گوڈٕ تہٕ بیٚوٗٹھ میزس أکِس پیٹھ ۔ بہٕ ژاس پتے تہٕ بیٚوٗٹھُس تٔسی نِش ۔ تٔمی دیُت چایہِ آڈر ۔

سِگریٹس زیوٗٹھ گش کڈِتھ ووٗتھ مَحی دٕہن مےٚ کُن ۔

" اوٚ تانیے ژےٚ کیٚنٛہہ بَنہٕ ہی ۔ ووٗنی رُوٗزٕ ے نہٕ تباہ گژھنس کانٛہہ پَرگی ۔ أز رُوٗدُے نہٕ کٔنٛہی بقایا ۔ ژےٚ کٔمی وَنیوے صاحبس سمکھُن تہٕ تَسِ درخاساہ دیُن ؟ ژےٚ کیٛاہ اوسُے سوٗنٛچمت زِ صاحب نِمن اَلگے رَنٛزٕ دِتھ تہٕ لورِ پیٹھی تارَس سرُ پھ ؟ نوٗس صاحبس کیٛاہ آسہِ قأیدٕ قونوٗنٕچ خبر ۔ مگر ژےٚ زونتھ نہٕ زِ أمِس ماچھِ ژےٚ ہوی مُزکہٕ یڈ منٛز پیران ؟ أمی مانی نے أندرم چھٔلِتھ ؟ گوڈٕ أمِس تہٕ چانی خبرِ ے کیٛاہ اُس ؟ چون کیس کرتُلے أمی ؟ سُہ چھُ اَسنٛزِ اَلمارِ یوٗ نِمس خانَس ڈٕ چھنہِ اَنٛدٕ پَتھ کُن ۔ میٚے تھوٚ وُمُت ۔ گوڈٕ کھوجے یِتھٕ زبان ، فِکرِ تارے تھسہٕ کتھا کانٛہہ تہٕ درخاس دِنَس آیوے چار ؟ کیس سمجاویوتھسہٕ ؟ مےٚ نِش کونہٕ آیوکھ ؟ بہٕ ہاوہأ ے ناوَتھ ؟ ژےٚ وأتِتھ أز پانہٕ زنٛگن لیٚتربۂ کیٛاہ گرے ؟...... یِیتہٕ گوس بہٕ ہیوٗ دفترُک اہم نفر ۔ یَنہٕ چأنی خأ لی جاے پوٗرٕ گرٕم تہٕ نفر لوگُم یِتھ نہٕ کأم روٹٕہٕ گژھ صاحب چھُمنہٕ سیٚز کتھے گران تِکیٛا زِ أمِس اوس کُس تانی پَنُن نفر لاگُن ۔ ڈاے رٔتھ گأم اِنکریمنٹ چھم نہٕ ترٛاوان تہٕ چھُنم کیٛاہ تانی تو تماہ کھرٛ اتھوٚ وُمُت گرِتھ ۔ پرسنل فایلہٕ چھُنم دیأ وٕہتٕ ۔ کٔمِس ؟ مےٚ ۔ مَحی دٕہنس ! ژےٚ چھُے نایہٕ خأبٕ آمُت ۔ ژٕ ڈٕپی زِ نہٕ چون درخاس ماترٛ ووٗن گال کھاتَس ۔ ژےٚ پَتہٕ آسہِ نَے اَچھرِ اَچھرِ پوٚرمُت تہٕ

خبر کیٚاہ وُلٹہٕ رِمارک آسہِ نےٚ لیوٗکھمت۔ پگاہ کری فایلہٕ ستیٚ ٹھیٚکر تہٕ گوکھ بجا۔ ئر کیوٗلر کڈ ناوی تہٕ کُنہِ للکھ نہٕ چوٗکی درتہِ۔ کلاٗرکی ہنٛز چھنہٕ گتھے۔"

محی دیٖن اوس وَنان تہٕ بہٕ اوسُس میزس ستیٚ ڈیکہٕ ڈٗکھ رِتھ دِیان۔

"ووٚنی چھےٚ اَکاٗے وَتھ!"

یہِ بوٗزِتھ تُل مےٚ کلہٕ تھوٚد۔ مےٚ اُس اُچھن بییہِ ژھاپھ ہیٚتھ ہۆ۔

"کُنہِ طریقہٕ چھےٚ ژےٚ پَتُن درخاس صاحبہٕ سٕندِ دفترٕ منٛز کڈِتھ اَنُن تہٕ مےٚ دیُن۔ پتہٕ بہٕ زانہٕ تہٕ کارزانہٕ۔ کیس دُبارٕ زِندٕ کرُن تہٕ اَتھ زوٗژ اَنُن گیہِ میاٗنی کاٗم۔ مگر یہِ چھےٚ خبرٕ ے زِ درخاس تتہِ کڈِتھ اَنُن گوٚہس اَرم کڈٕنی۔ یہِ چھےٚ پانہٕ یتھ زانگھ تتھ کرُن...... کتھٕ کنٛی کرکھ؟ سُہ تہٕ گژھی اَزی اَنُدن۔ مطلب پگاہ دہہِ بجہِ بژوٗنٹھ۔ یہِ ضِند پکھ چھےٚ صُبحس چوٗکی درس تہِ بژوٗنٹھے دَفتروٗ تتھ پہوان...... پتہٕ انِدی نہٕ کینٛہہ۔ پگاہ کھسہِ پاٗنٛژ روپیہِ نِس نوٗٹس بیٚاکھ نمبر تہٕ کاگدس پییہِ سیاہ چھاپھ؟"

مےٚ کھوٚت یہِ بوٗزِتھ مغربہٕ کنٛی آفتاب۔ مگر کیٚاہ تاٗنی باسیوم توتہِ رووٗمت ہیوٗ۔ بہٕ کیٚاہ چھُس پرٛژھُن یژھان تہِ توٚرشاید محی دیٖنس پانےٚ فِکرِ تہٕ ووٚتھُم۔

"شےٚ بجےیہِ، دَفتر گیہِ کرتاٗنی بند۔ چوٗکی درپھےٚ رحیم خان۔ تَس گژھ تہٕ یتھ ماٗنی تتھٕ مُرا وناوُن صاحبہٕ سُند دَفتر۔ درخاص پَتُن اَن ژٕ ے منٛز تُلِتھ۔ ووتھ ژیرمہٕ کر۔ اَکھ اَکھ ژیٗہہ چھےٚ گژھان تہٕ قسمتس چھےٚ شُرٛک گژھان۔ رحمدِل چھُس ناژکہِ۔ واہ! یتھ لوٚگ آگرے پھیش۔ ژٕ گوکھ غلط جایہِ......

نیرِ وونی تہٕ سونچان کیاہ چھُکھ؟ گوڈٕ دِزِ بہٕرس بل۔ پاٗنسہٕ چھمنہٕ وٗنی کَس کانٛہہ چنٛدس۔"

خوداصاٗب کۆتاہ کارساز چھُ! عاٗرق اٗسۍ نَم پھٔٹتھ ییتۍ ہتۍ۔ اَتھ وتھے اٗسم نہٕ یِوان زِمحی دیٖنس کیتھٕ واتہٕ ناوٕ روپیہِ کیٛنٛہہ۔ بِلہِ ہُنٛد ذِکر کٔرِتھ بچووٕنس اٗمۍ پانَے۔ بُتھے اوسُم نہٕ وٗنس تام سَمان۔ بل آسہِ ہَے زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ دٕہ روپیہِ۔ مےٚ گَژھِ روپیہِ پنٛژاہ۔ تمہٕ تھَوِ مَس ٹیبلس پیٹھ تہٕ دژاس......



رٔحیم خان اوس دَفترس نیٚبر کنہِ چھِ پہرِ مَنٛز بتہٕ رَنان۔ میاٗنۍ گَتھ بۆزی تھے گونارونار۔

"ژےٚ کمیٛ احمقن کوٚرُے کَنس اِتھر زِ بہٕ کیاہ دِمہٕ چانہِ باپتھ دَفترس زول؟"

مےٚ وۆنُس۔ "بب ہَے چھُکھ۔ بہٕ چھُسے سخ مُصیبتس مَنٛز۔ ژٕ ے ژھِہم تہٕ بچہ نتہٕ گژھ مارٕ"۔

تمۍ ترٛاو مےٚ کُن رازدار نظر۔ تھوٚ دوٚ تھ۔ تھمس ءتۍ اَتھٕ دِھ تہٕ رَژِھ کھنٛڈِ بہٕ ژٕ رژِتھ کٔرن اسنہٕ ہنا۔ مےٚ ژاوزٕ ہیوٚ۔ پتہٕ ووٚ تھُم۔

"ہَے چِشر ساٗربس۔ یِم اٖفسر کیا کرنے۔ مےٚ چھِ پَے یِم کِتھٕ کٔنۍ چھِ پٔژس اَپُزٕ تہٕ اَپزس پوٚز کٔرِتھ گوہرمنٹ چلاوان، مگر وٗنی کَس چھِ ساٗری مےٚ ماتحت۔ مےٚ چوٗکی دٔر رٔحیم خانس۔ بہٕ ہیکہٕ کانٛہہ کاکَد کُن تہٕ نتھ تہٕ کانٛہہ فایِل کُنہِ

جایہِ تہٕ تھوٚتھ۔ یتھ کٔنٛز تٕرٛس منٛز چھےٚ ساٲرے سرکاربند۔ تو ریٛہ فِکرِ کینٛہہ؟"

تمٕ ہیوٚت تھمس أنٛدٕ أنٛدٕ چکر دِیُن تہٕ کٔنٛز ترٛاوٕٹ ہیوٚتُن روٚپین ہنٛدی پاٚٹھی وزُن۔ پتہٕ کوٚڈُن بیزٕ اِر ڈورِ منٛز کٔنٛز تراوٕٹ نبر تہٕ بیوٚٹھ میانٕمن اُچھن بٕروٚنٛھ گنہِ شٕرٛ ونی کرنہِ۔ مےٚ دوٚپمس۔

"بَس میانہِ قِسمتچ کٔنٛز تہِ چھےٚ وٕنی کمِس ژٕےٚ اَتھہِ۔ کمرس مُورتہٕ کُلفہٕ یوت تہٕ بہٕ کڈٕ پٔنٛن کاگد وٕرق۔ باقٕے لاگیہ نہٕ بہٕ اَتھہ تہِ کُنہِ۔ ژٕ روزتہٕ نظرٕ۔ یہِ گرٛشھم أزٕ أنٛدٕ ن۔ پتہٕ ووٚنم محی دپھن کٔنٛہی أنٛدی نہٕ۔"

محی دپھن ناوہٕ زِتھ وولھوخان۔

"وٕچھ کَس ترٛامہِ بُتھی سنٛز کتھ چھکھ کران۔ سُہ ژٕھنی اُچھن کچھ تہٕ پتہٕ پٕرٛ ژٕھی صاف چھیہِ بوزنہِ یوان؟ یمو گونہگار چشمو چھُس وٕچھان کتھن چھُ سُہ ڈُلہِ کران۔ کاگدس ژیٹھ دِنٛس نیرِ بس نہٕ ساٲری ہے دَفترس منٛز جورٕ۔ رہتہٕ وادَن چھےٚ فائیل تہنٛدِس میزس پیٹھ ڈولان تہٕ اِدیٛیلہِ سائیل پانٕے ووٚٹھ ژھانٹھ کرِ یا چنٛدٕ وٕشناوِس تہٕ اَدٕ پکیس کاگد اکہِ میزٕ پیٹھٕ بیٚیس میزس کُن۔ گوڈٕ چھُ تیتھ زال وَہراوان زِ پرٕتھ کانٛسہِ چھُ باسان پٔنٛن در دِل چھم۔ ژٕ تہٕ چھکھ ناوِ وولمُت۔ مےٚ نِش یزٕ ہابہٕ وَنہٕ ہاٰے کَس گرٛشھن تہٕ کیتھ گرٛشھن۔ رٔحمن چھنہٕ یہِ ریلش تاپس چھڑ رووُمُت۔ یہِ میانہِ تھوکہٕ گرنے تہِ کری نہٕ کانٛسہِ ہنٛز سُفارِش...... وائے! ژٕ چھکھ غلط جایہِ گومُت......"

بہٕ رووُس۔ کینٛہہ تورُم نہٕ فکرٕ۔ شاید وٕچھ تمٕ میانہِ بُتھچ کیفیتھ۔ مےٚ گجہِ

چنٛدٕ منٛز روپیہ داہ تہٕ بٕز وٕنٛتھ گٔنہِ ترٛاوِمس ۔ تمیٔ تچہِ تمہٕ جل تہٕ ووٚتھم ۔

"پگہ سأبہٕ دِمے کٔمہِ مورِتھ ۔ میٲنی کنٛزٕ اے شہجار واتی تہٕ جانٛہِ گو ۔ مگر خبردار چھےٚ یتھنہٕ بیٚیہ گٔنہِ کاگدس اتھٕ تہٕ لاگکھ یا یتھٕ نہٕ کانٛسہِ نِش تہٕ کتھ اِفشا گژھی ۔"

أسی کھٔتی دوشوے ہیٚوٗر ۔ مےٚ آینہٕ پژھ ہے ۔ پٔزی پاٹھی سپدِ یوٗ وِیہ ممکن؟ خان بیٛوٗتھ کلف مُشرٕ نہٕ ۔ سہ چھُ اکہِ اکہِ گٔنٛزٕ کلفس لاگان ۔

بہٕ چھس أتی وودنی ۔ مےٚ ہیٚوٗتُن کنن شور ووتلُن ۔ مرد کلاڑکن ہنٛز مسخری تہٕ کورِ کلاڑکن ہنٛز تہنٛدی ٹھٹھ ۔ ٹایپ رایٹرک ٹِک ٹِک تہٕ افسرن ہنٛز بٕلبہٕ لچہِ اکھ أکس پتہٕ وزنہِ ۔ دروازن پیٚٹھ گٔنہِ لچہِ سارٕنیے الیکٹرک گٔنٹیہِ زٕوٗن زٕوٗن گرنہِ ۔ سٲری کلاڑک وُچھم چاے چینہٕ تہٕ نماز پرنہِ نیران ۔ سٲری صاحب وڑایہ بٕلبہٕ ہیٚیے ہیٚیے ٹرٛہس ٹرٛہس گران تِمن پتہٕ پتہٕ ۔ سارٕنیے کورِ ژایہ مَر دِیٔوٗ رِلن منٛز سِنگار گرنہِ ۔ سوٗرے پبلک رٕوٗدٕ کارِ ڈارس corridor منٛز گتہٕ گیٚوٗر گران ۔ سگریٹن پیٚٹھ سگریٹ چوان تہٕ دروازن پیٚٹھ سِلپہٕ slip ہیٚیے ہیٚیے پرٛاران ۔ فونن ہنٛزٕ گنٹیہِ وزے یہ تہٕ ٹیلی فون ہیٚتِن بولنٕ :-

"ہلو ہلو میون نفر ہسہ چھے ۔ خیالے تھٔوی زِ !...... ہلو ! ترٛاوُن سہ ڈلہٕ تانی ۔ گرِن بیٚیہ دٕہ پنٛداہ چکر ...... ہلو ! پِنہٕ سہ تانی کانٛہہ اپاینٹ گٔرِیوٗن ۔ میون لڑکہ ہسہ آسہِ پکان ۔ اپریلس منٛز دِیہ امتحان ...... ہلو ہلو ...... دٕہ وٕہ چکر ...... اپاینٹ ...... امتحان ...... اپاینٹ لڑکہ ...... اپریل ...... خیال ...... ہلو ہلو ۔"

کلارک کھٔتی چاے چیتھ تہٕ پِٹھی نار دِنہٕ۔ سأنی منگ کٔر وپار۔ چپرأسی

رۄ دی پتھرس پیٹھ شوٗنگِتھ۔ گیراو کرنہٕ باپتھ۔ ہے ووتھ تہٕ مےٚ ژٕج کرٕ کھٕیر تھ۔

مےٚ دِژ رٔحم خانس تھپھ۔ یکدم پیوس جبس۔

"خبر کُس تانی ہاپھے خانایوٗری گٕن پکان! جبس کر۔"

رٔحم خانن لأج آرامہٕ سان اُخری کٔنز تہٕ گُلفس تہٕ ییلہٕ نہٕ سو تہٕ اَتھ لجٕس

بڈ شرارتہٕ سان ووتھ مےٚ کُن۔

"ژےٚ ہاپھے قسمت کون بہٕ کیاہ کرٕ ے؟ ہتوشتو کُنز و منز لٕجی نہٕ اَکھ تہٕ

اَتھ۔ بہٕ کیاہ کرٕ ے۔ سارِنے کمرن ہنٛز کٔنز چھےٚ یتھ میأنس کُنزٕ کرِس منز۔ مگر

افسوس یہِ اکھ چھنہٕ۔ گژھ ژھانڈُن قأدرس نٔنڈ۔ چپرأسی ہا۔"

مےٚ اُسی کھور مومنے ہتی تہٕ لنگان لنگان دژاس نمبر۔ اَنہِ گٹہٕ اُس

گأمُت۔ قأدِر چپراسِین گرِ وتُس گنٹہٕ پتہٕ۔ قأدرس آو میأنی دلیل بوزِتھ اَسُن۔

دوٗ پنم۔

"ژےٚ نہ باپھے کانہہ راہ! مےٚ نِش یُس اَکھاہ آو سہٕ چھُ آسان گوڈٕ

چھمبن تہٕ چھارن لوٗگمُت۔ ہٹرِ ہٹرِ پھیرتھ چھُ اَدٕ بوٗتھ لگان۔ ژٕ ژھنگھ اُمی رٔحم

دوگلن دربدر کٔرِتھ۔ یہِ ہے سٔیز عقلہٕ ہنٛز کتھ چھےٚ۔ مےٚ نِش آسہٕ نہٕ صاحبہٕ سِنٛدِ

کمرٕ چ کُنز اَدٕ کُس نِش آسہٕ؟ ژےٚ ما اوسُے اُڈیک ملالہٕ گوٗمُت؟ کمرس نٔیبر گنہٕ

تھوٗ و مکھ پزارِوٗن، اوے؟ یہِ ہسأ چھُ آسان روب تھوٗن ضوٗرٕوٗری۔ تیتھے

کٔنز ہے بہٕ تژ اوان گیوسکھ تہٕ تیلہٕ اُس نہٕ صاحبس میٹنگ کرٕنی۔ باقے گوییلہٕ بہٕ

تژ اوٚنی یوٚھکھ، صاحب اُسٕ تٔن خود منسٹرس ستی میٹنگ کران...... پتہٕ تژ ووٚکھ نا
ژٕ ؟ وولہٕ سِگریٹھا چھیہٕ ؟"

مےٚ کوٚڈ دہہ روپین نوٹ تہٕ دیُت مس۔

"ہتہ حَض اَن پانٕے سگریٹ۔ اَکھٕتے چمہٕ ہابٕ تہٕ۔ مےٚ تہٕ اوس سگریٹ اَنہٕ نٕے۔"

نوٹ کُرتنہٕ چَنِدس تھوان کوٚڈتھ واسکٹ چنٛدٕ منٛز پَنٕن سگریٹ۔ بیاکھ مےٚ دِوان دِوان ووٚنُم۔

"ہتہٕ تیلہٕ چےٚ تانٛیہٕ میونٕے سگریٹ۔ بہٕ اَنہٕ پتہٕ پانس کیٚتھ بیٚیہٕ۔ ژے اُدی مےٚ ووٚنُمت آسِی صاحبہٕ سٕندِ میزٕ پیٹھہٕ نمہٕ ہا کاگد تِتھ کٔنٛہِ تِلتھ زِ تسُنٛدِس بَبس روزِ ہےٚ نہٕ پَے۔ ژٕ مہٕ دِپھ یتھ دستارس تل ماچھےٚ ژٕھرے کلہٕ ہیر۔ کم کم صاحب چھِم وُچھی ہتہٕ۔ یِم اَزِ کی لوٚنڈٕ تژ اوٚکھ۔"

مےٚ دوٚپ کھرِس پیٹھ چھُم کھُر یِوان۔ خبر کیاہ چھُ بنہٕ نی۔۔ کتھ کتھ کران واٚتی اُسی دَفتر۔ قادرَن مژٕ رصاحبہٕ سُنٛد کَمرٕ۔ پتہٕ گوسیوٚ دُ ے تہٕ مژٕ روٗن تِھی نکھٕ دفترُک ہال۔ بہٕ زَن گوس رٕہتھ تہٕ چھُس وُچھان۔ اتہٕ ئیہ کُنی تُرے ہش۔ ہتہٕ بٔڈی گوبٕ قدم وُتھی تہٕ پِیہٕ پتھرِس۔ زن تہٕ پل آیہٕ ٹھاسنہٕ۔

اُتی آیہٕ ژوواپاٚ ری اکاٚ ے آواز "شی"۔ ژھوپہٕ ہٕنز یہٕ آواز گرٕ یزے یہٕ ہالَس۔ مےٚ وُچھی کلارک ہتہٕ بٔڈی۔ بدلے بُتھی اَری اَری گھٔتی کُنی ووٚٹہٕ پنہٕ نٔمن پنہٕ نٔمن میزن پیٹھ تہٕ فایلہٕ تھوکھ آسنن تل۔ ساٚری اَکھ اَکس کُن تھر گرِتھ۔ ہِسی تمن

ہندی پاٹھی ژووآپاری راٗچھ گران۔ گنی کرٕ کھ گیہٕ "خبردار" ۔ مےٚ پہوٗ کنن بیہٕ زر
تہٕ اچھن گو بیہٕ انہٕ گوٹ۔ دفترٕکس دروازس ستی ترٕ ووم ڈوٗکھ۔ قادرِ چپراسی
اوس ہالس اندر رژامت۔ سہٕ آو دوان مےٚ نش۔

"ہے کیاہ سہٕ؟ خارٕ بےچھیہٕ؟ ژےٚ کیاہ چکر آو یہ؟ بُتھس چھےٚ لیدٕ ریر
پھیوٗ رمُت۔ ژٕ ہے نتان چھکھ۔ مےٚ کن کیاز چھکھ ییتھ کنٕی وُچھان۔"

مےٚ دِژ پانس دِنن۔ یاد پیوم زِ بہٕ تیٚتھ دفترک کیوٚم چھس۔ اتی آیم
ہمتھ ہش بہٕ وُڈ تھس وارٕ وارٕ تھوٚد تہٕ ژاس صاحبہٕ سنٚدِس کمرس منٛز۔ گنی تھپھ دِژم
ژٕ بےیہٕ۔ سأری کاگد وُچھم میون درخاس اوس نہٕ اتہٕ کُنہی۔ ٹیبلہٕ پٹھ چہٕ فائیلہٕ
دوثرٕ ھسم۔ میون کاگد آو نہٕ اتھی۔ الماریکوٚ رُم گنٕے ارٕ تہٕ بوٚنمس خانس ژھانڈم پننی
فائیل ییمک اِشارٕ محی دپنن دِیتمُت اوسنم۔ فائیل اُس نہٕ تتہٕ کُنہی۔ بیہہٕ دِتم ٹیبلہٕ
کنن سارِنےٚ کاگدن پھیر۔ درخاس اوس نہٕ گنی۔ اخرس تجُم ژٕ ےتہٕ ژاس ہالس
منٛز۔ محی دپنن میزاوس کوٗنس منٛز۔ ژٕ بےنیم تہٕ تھوٗمس گرسی پٹھ...... گرسی اُس
خألی۔ ہال اوس خألی۔ صِرف اوس مےٚ کنن منٛز گرزان...... شی شی شی۔

قادرن دوٚ پنم کیاہ سألوٚب تھٕ؟ مےٚ وُنس نہٕ تہٕ گوس سیٚو دےٚ ہالہٕ کنن
ٹیبلن وُچھنہٕ۔ قادرٕ آم نکھہ تہٕ اتھس تھپھ کرتھ ووتھم۔

"ژٕ چھکھ سہٕ حبسو؟ ژٕ ما چھکھ ڈولمُت؟ چون کاگد اےٚ مےٚ پانہٕ ژٕ ے
یہٕ منٛز وُچھ۔ ژےٚ چھےٚ نا بوزنہٕ یِوان؟ ژےٚ ہنٛز نے کنہٕ پھٹ ووزلنہٕ۔ چانین
زنگن ہنٛز تھرتھرٕ چھےٚ صاف بوزنہٕ یِوان۔"

مے ہیڑ میزن ہنز فایلہ ٹلنہ تہ تڑ اونہ۔ نہ آسہ فایلے موکلان تہ نہ میز۔
فایلن ہندی کاگد کیمی آیہ سأری ہے ہاٗلس وہرنہ۔ کینہہ فایلہ گیہ اتھ لاگنہ ستی
بیٚون بیٚون۔ ؤری وادن آسنہ یمہ پننہ جایہ ڈجمڑ۔ مے تجہ اکہ ٹیبلچہ سارۍ فایلہ
تہ واہرم باقین میزن۔ ہمہ چہ یتھ تہ تیچہ ہتھ۔ ہر یمان فایلہ گوس پتھرس
تڑ اوان۔

تھوٚگس۔ ہڑون گرنم دگ۔ گرد بیٹھم سأری ہے ہٹس۔ کلہ ہیوٚ تنم
گیرن۔ نبض اوسم دوران۔ اکاۓ فکر اۓہم۔ محی دینس کیاہ ونہ پگاہ......؟"

قادر چپراسی اوس خبر کرکہ منز دڑامت تہ ہاٗلس نیبری گلف گرتھ
گومت۔ مے اس ووٚنی راتھ پننز ......

مے چھے وُنہ راتھ پننز۔

ووٚنی چھس پڑاران صُبحس۔ محی دینس ونہ ہادر خاس نساۓ آم اتھ کینہہ۔
قادر مژ رہے برتہ یہ ژلہ ہاصاحبہ ہندہ ینہ بڑ وٚنٹھے نبر ......
صُبحس!



# رأوی ءتۍ معنے

از ییٚلہِ جگرناتھ راوان ہیوٚ اوس، سُہ اوس پرٛانین کتھن نۆ ی معنے کرنٕچ کوٚشش کرِتھ پانَس تسلا دِوان۔ بڑ وٲنٛھ یتھ پیٹھ کتھ کرن وٲلِس ءتۍ بے وجہ تہٕ بحث لاگہِ ہے وونۍ اوس سوٗنچان زِ کتھِ ماچھ سٕنٛن ضروری۔

سوٗنٛچن زِ کٔرۍ تام چھناوۆ نمُت زِ کبیٖر اوس گوڈنیک انقلاٰبی ییٚلہِ دپیون:-

کبیٖر اکھڈا بزار میں لیے لُکاٹی ہاتھ
جو گھر جارے آپنا چلے ہمارے ساتھ

جگر ناتھن دیُت زبتھ۔ گرس دِژ ووٚمۍ تہِ نار ییتھ بدل تہٕ نوٚہن وتن ژھانڈ ودِیہِ ہے۔ مگر لار یوٗس کیٛاہ؟ ونۍ گٔس اوس تیٚتھ جنٛڈٕ ہیتھ ییٚن پتہٕ پتہٕ پکہِ

ہے؟

لار بو کیاہ اِنقلاًبی جگرناتھس یُس اَز تہٕ عادتَن وِتھۍ بُتھس پیٹھ گامٕچہ زِچھ بونہٕ تل یِتھ ملرن گن مُدے گُنڈِتھ وُچھان اوس۔ یاں ژادرٕ ہشہٕ زَن آسہٕ میزٕ نیبر دڑامتوٕ بونہٕ موٗلن ہندیوٕ زالیوٕ منٛزی یِتہٕ وسان۔ اَتھ بونہٕ ستی اوس تِمٕس ذہنی لگاو۔ تَس اوس باسان زِ تَس تہٕ تِیہٕ زندگی یمن ملرن ہندی پاٹھی موٗلن ہندیوٕ زالیو منٛزی نیرِتھ۔ تِمُو ہیچہ نہٕ موچھِ وُٹِتھ زِ زندگی رٹہٕ ہے گنہٕ صحی یِراِس منٛز بند۔ یِیلہٕ وچن تِیلہٕ گُرنس اوٗنگجن دگ تہٕ اَتھن گوس کوو۔ یِمہٕ بونہٕ ہندی پاٹھی یِمکی موٗل اَکہٕ طرفہٕ دوٗرتانی وتھ لہرن رٹہٕ نچ کوٗشش کران چھِ تہٕ بیٛیہٕ طرفہٕ گامٕچہ بُتراٗژ تھپھ کُرِتھ تھونچ۔

وِتھ روٗز وسان اکی اَنمانہٕ۔ تیِلہٕ تہٕ یِیلہٕ سہٕ کرٛکہٕ اوس دِوان زِ امکی ملر گوٗھی بوٗتھ کھسنۍ تہٕ ساٗرے غلاظتھ چھٹِتھ واٗلنۍ۔ نٛے دیارن ہندِ خونہٕ ستی بٔلیمٕ منٛد ورِ گوٗتھ چھیٚلہٕ چھیٚلہٕ وسنہٕ تہٕ سرمایہ دارن ہندی یمٕ وٕتھۍ پان گوٗھی نہٕ ژھاٗنٹھ واٗتِھ تہٕ بٔچنۍ۔ حرام مازس گوٗژھ سوٗرٕ پھوکھ وُسن۔

غلاظتس اوس تیِلہٕ تِسٛزن نظرن منٛز گُنڈِتھ مانے۔ حدٕ آسہٕ گُنڈِتھ۔ بنہٕ گنڈنہٕ خاطرٕ اوس سہٕ بےرحمی سان گُنڈی تارِ کوٗڈ ظٔلمچہ تہٕ جبرٕ چہٕ زمینہٕ والان یُتھ اورٕ خوٗنہٕ بُراے پھٹہٕ۔ سہٕ اوس بےوایہ کرٛکھ دِوان۔ اِن...... قِ...... لا...... ب...... یہٕ چھےٚ بیاکھ گتھ زِ انقلاًبی جگرناتھس گواکہٕ دوہہ کرٛکھ دِنہٕ بڑوٚنٹھے رتھ باندِ۔

تَس تورنہٕ فِکرِ زِ ظلمس تہٕ ظاُلِمس کپاُری تہٕ کتھٕ گٔژ گوڈ چھان ڈُچھان مانے بدلِتھ۔ اَکہِ دوہہٕ آیَس تمے پزاُنی دوس تہٕ وۄنہٕ ہَس تی تی ییمہٕ مُطاُبِق اَکہِ وقتک ظاُلِم ووُنی رفیق بنیومُت اوس۔ یمو دوستو تہٕ ستی باجوہ منٛز ہیوٚت گوڈٕ رحیم صاُبہِ ولولہٕ ہن سماجس تہٕ سیاستس نوٚ ومانہٕ ڈیُن۔ غفور دٕہن سیٛلاب گو وبتھِ ہشٕنِدِ اَکہِ بےٚ سوکھ ملرکی پاُٹھی وۄتھِتھ تہٕ خبر کمن شیٛہلین ناگہٕ رادن منٛز چھُ وَنی شروٗنی کران۔ لسہٕ کاکِ نارٕ چھُ ہتَن موٚزوٗرن ہنٛزن نرہن تہٕ زنگن مِشینہٕ پُرزٕ بناوِتھ ہارِ وٹان تہٕ پانہٕ بےٚ پھرٕوٚک نیٖنٛدٕ رتژ اُوِتھ آرامس۔ کرٛتھ صاُب چکھ صاُب آشٕ صاُب گاشٕ صاُب کاُتیاہ ناوچھِ وُنی کِس اخبارن ہنٛزن سورخین منٛز آسان۔ تیلہِ اُسی کھٕٹِتھ روزان تہٕ کاُم گران زِ وُچھن گوٚژھنہٕ کانہہ توتانی یوتانی سماج لرِ پھیرٕ دِیہٕ۔

مگر ووُنی ...... تَس تورنہٕ فِکرِ زِ وقتہٕ بژ وٕنٹھے کتھٕ کٔژ بدلے یہِ وقتکو پیمانہٕ ...... ووُنی چھے نظرِ صرف شینٛکان ......

راتک بُنیُل چھُ تَس ترٛ ہراوان۔ بُنیُلے ونوس یو دزَن ئہ بم پیٛنہٕ ستی آو۔ عاآلم دٕہیُن ژھینیہِ تہٕ میٛژِ ہجرِ وۄتھ زمینس۔ زنگن پیٹھ پیوس ہیٛکل تہٕ عالم دٕہن گو ناخیز زدتہٕ موزوٗر۔ گامُک گام چھُ ونان زِیہِ آو بُنیُل مگر جگرناتھس چھے خبر یہِ پیو ہواٗیی بم۔ گام چھُ خوش فہمی منٛز روزُن یژھان مگر جگرناتھ کیاٛ زِ ونہِ وُنہِ تہِ اَپزِس پوٚز۔ ووُنی ییلہِ خودِ عاآلم دٕہن تہِ یی ونان چھُ تہٕ جگرناتھ چھُ راوان۔ تَس چھُ وَلوٗنس نارس کرٛیکہِ تہٕ چکہِ پیٹھ شکھ گوٚژھان۔

زمانہٕ اوس سنہٕ 47 ہُک ولولن ہُنٛد۔ ولولہٕ خٲطرٕ گژھ تحریک آسٕنۍ تہٕ ز کامریڈ جگرناتھ تہٕ عالم دٟن آسۍ سوٗژھانڈ نہٕ یکہٕ وٹہٕ نیران۔ ہمارِ ستۍ تہٕ اگر کانٛہہ نان گارمرِ ہے، تمن اوس اِنقلاب یِوان باسان تِکیازِ ظُلم اوسُن ظٲہرِ ہیوٚ تمُت سُپدن۔ مُلکس تہٕ دُنیٖ ہس منٛز آسۍ امنکۍ تہٕ جنٛگکۍ مانے گٔنڈِتھ۔ سفید رنگ اوس لۄبہٕ وُن تہٕ امُن اوس اکھ اہم مضموٗن۔ یہوے عالم دٟن اوس گنٹہٕ وادن تقریر کران۔ جنگ اوس بُتہٕ راٗژ پیٹھٕ گالُن۔ تِکیازِ جنگ اوس امنُک دُشمن تہٕ جنگ ٹُلن وول اوس شاٗترِ تہٕ غرضمنٛد۔ جنگی سامانن خلاف اوس جنگ کرُن۔ تِکیازِ تمن ہُنٛد قیمتھ اوس غریبن ہُنٛد خوٗن......

مگر تنہٕ گیہِ ارداہ وٕری۔ یُتھے راتھ عالم دٟنہٕ نہٕ پہرِ پیٹھ ہوائی بم پیوٚ تہٕ عالم دٟن تہِ چھُ دپان یہِ آو صرف بُنٛثیل، جگرناتھ ہیوٚتُن وارے راوُن۔ ووٗنۍ پورٕ کس اَتھ دوٗرِ دراز گامس آیہِ پتہٕ تِتھۍ ہوی واراہ بُنٛلۍ۔ گوڈنِکہِ بُنٛلہ یوٚ دشکھ گژھِ ہے یا اِنسان زاٗنتھ مأنتھ پانٛس تہٕ بیٚیَن دوکھ دِیہٕ ہے، مگر دوٚیمہِ تریٚیمہِ کیاہ ونہِ ہے پتہٕ؟ پژتھ بُنٛلہِ وِزِ آس جہازٕ پنٛگتھ اسمانس گتہٕ گیوٚ رتلان۔ اوٗنۍ پور ایرفورس سیٹشنہٕ پیٹھ آسہٕ توپہٕ چلان، گردِ بُشنگہٕ آسۍ ژووا پاٗری ووتھان۔ مگر...... خبر لوٗکھ کیٚاہ آسۍ الگ پاٗٹھۍ وُٹھہٕ پھسرارے کران۔ عالم دٟن اوس جگرناتھس نِش کتھ ڈالان۔ جگرناتھ اوس پنہٕ نٕمن بیٚیَن انقلاٗبی دوستن پرٕژھان تمٕ اَسِس وَنان یہِ گےٚ پیکلاٹس غلطی تہٕ ووٗنۍ کیٚا گوتوتہِ؟ ہوائی اڈس ترٕ ووٗن نہٕ تہٕ ییتہِ تھیے وہسہ ریٛوس۔ عالم دٟنس چھُ ژھوپہٕ گرِتھ یہِ سوٗرے برداش کرُن......

عالم دین اوس کھاہس منز کھوٗت مُت اکھ کچھ کُل۔ جگرناتھنے اوٗن سُہ کڈِتھ۔ دوٗ پُن یہِ چھُ پزی حالاتن ہُند شِکار تہٕ حالاتھ سمجنس کیٚت ذٕہین تہٕ۔ یہ پھِر ناون عالمس۔ پتہٕ ؤتھی یِم دوشوٚے شہرتہٕ حکومتس نِش روپوش مسکن اُکھ بنوٚ یہُند دُنی یا۔ مگر شہر ؤستھ گیہِ عالم دینس گزٕپسی ماحولس ستیٚ نفرتھ گوٗ ھان۔ دوٗ پُن تتہٕ اُس مےٚ نظر شرو کے ہِش۔ جگرناتھ اوٗسس گاٗمی ین ستیٚ بُنیاٗدی ہمدردی ہُند سبق پران۔ مگر گزٕیستین ستیٚ ہمدردی باسے یہ عالمس پنہٕ نِس ووتھ بوٚس خلاف۔ باقےٚ دوس تہٕ گیہِ اُکہِ اُکہِ پنچھ ہوان تہٕ کُرسی ین تہٕ اقتدارس منز لُک پناہ منگان۔

اُخرس ییلہِ نہٕ اِنقلاب آونہٕ آش پوٚرٕ گیہِ عالم دین آوٕ ژلتھ واپس گام۔ گژھِ ہےَ کوٚت؟ بیٚیہِ لاٗجن سوے زٕمین۔ بیٚیہِ روٗ دوٗری یَس ستن رتن بیٚین ہنز موٚ زوٗری کران۔ بیٚیہِ پرٕ گی تہٕ غربتھ پزٕ اٗنی پاٗٹھی وبتر اوان۔ بیٚیہِ ژھربر برداش کران تہٕ اُخرس پزاران وونی پکہِ ہےَ جہازےٚ میانہِ پشہِ پیٹھی سلامالے گُم کرٕہاٗس۔ یوتانی جہازن اُمی ہنزی پہر پیٹھ بم ترٕوو۔

پہر آیہِ ؤستھ۔ دِہ تہٕ گردِگٹہٕ کارٕ منز آونہٕ کُنہِ کانہہ اُتھِ تہٕ نبہٕ گزٕینس منز آیہِ سارِنےٚ ہنزٕ آوازٕ زن تہٕ پھاٹہٕ ونہٕ۔ ساٗری ژلی زٕ موچھِ منز ہیتھ۔ جگر ناتھس چھنہِ پتاہ سُہ کوٚت ژجیو۔ سُہ ژیہہ ییلہِ یاد پہوان چھس، باسان چھس زن تہٕ موتک عمیق سمندر اُچھ لالن دون کریہنا رُک لیوٚب کران تہٕ تان تان دویان۔ جنگس تہٕ امنس، موتس تہٕ زندگیہِ مُتلق کتھ کرنہِ کوٗتاہ سہٕل چھُ مگر یِم عملن

وتراوِنی کۄتاہ کرٛ ۄتھ۔

مُشکلہِ سان کوٚ ڈُکھ عالَم وہن یِکلہِ کوٚٹھ تلہٕ نیبر۔ پتہٕ نیۆہَس زُو بچاوُنہٕ خاطرٕ زنگہِ جورٕ ژٕٹتھ۔ جنٛگ تاپیر گٔیِ وچھ امہِ کھوتہٕ!

مگر ووٚنی کیاہ زِ چھُ جگرناتھس بڑ وٕٹھ کنہِ کتھ ڈالان؟...... ووٚنی کونہٕ چھُ بڑ ۄنٛھم پاٹھی کتھ وپٕڑ ہہ ناوان؟ بونہِ گوڈس پیٹھ بہتھ جگرناتھس چھُ اَکھ اَکھ ویشواس پھٕٹتھ یِوان......

اَمی وِزِ گو اسمانس پیٹھ شی گٔرتھ جہازٕ نیرتھ۔ جگرناتھس چھےٚ خبر یہ آسہِ آوازِ کھوتہٕ تیز رفتارٕ وُڈان۔ مگر غار شعوری طور تِجِ تمٕی نظر ہیٚور۔ سبز بونہِ ۄتھرَو مٔنزٕ اوس اَکِس خالی جایہِ اسمانک نیۆل ژٕکل بوزنہٕ یِوان۔ اِتفاقن آیہِ اَمی وِزِ اَتھ اسمان ژٕکلس پیٹھ روپہ پکھ جوراہ زوتان زوتان۔ کوتر آسہِ ہے وُڈُو کران۔ نظارٕ اوس دِلکش۔ جگرناتھس کوٚرُن یہِ خوش۔ رٕژِ کھنٛجہِ ژٕمجس اٚچھن راتھ۔ جہازٕ آسہِ ہے خَبر کوٚت ووت مُت۔ جنگ تہِ اوس خبر کر بند گومُت۔ تَس لوٚگ نہٕ کانٛہہ دونکھ۔ یاد پیوس زِ یمہِ چھِ جہازٕ وُنی اَکِس مشق کران تہٕ یمن اَکھ اَکِس پتہٕ دوران وُچھنہٕ خاطرٕ چھِ گامکی شُری کیوبڈی آنگنن منٛزٕ نیران۔

جگرناتھن کٔر پانس ستی اَسنہٕ ہنا...... جنٛگی جہازٕ ژٕلتھ اسمانس پیٹھ وُڈُو کرٕ وُن کوتر...... ووٚ پُن خَبر ووٚنی ماترِ عالم دِینس فِکرِ۔ یا فکرِ اوس تَس توٚ رمُت خَبر فکرِ ماپیٚہ۔ اَکھ نظر ویتھ کٔن تہٕ بیاکھ اِسمانس تر اُوتھ ووٚ تھ سہ تھوٚد۔



# بُنیُل

یہِ سوُرے سپُد اوٚ نگلس پیٹھ بوٚ نگلہٕ بناٲوی ہتس میانہِ مکانہٕ ہُجرٕ کس سارِوٕے ہیٚرِ مس کمرس منٛز۔ بہٕ چھس یہِ ڈٕلۍ زِتہِ ژھیپہٕ دِوان آسان زِ اور کھسہٕ ہاٚنہٕ۔ مگر میانِس یارس چھُ أتی گنٹہٕ وادگُذ ارنس مزٕ یِوان۔

یہِ سوُرے سپُدٕ تٕتی۔ سُہ اوس اخبار پران تہٕ بہٕ اوسس یاد پاوان زِ چاے گٔیِ یخ۔ گوڈٕ چےٚ یہِ۔

تمیٚ وٚون نم۔ "یہِ کرٛایسس crisis چھنہٕ صرف یورپٕچ بلکہ کُل اِنسانیتٕچ۔"

مےٚ وٚون مس۔ " اگرٕ چاے یخ گٔیہِ تہٕ کرٛایسس چھےٚ صرف

میأنی ۔ میٚژِ تیلہٕ پھیوٗر چھنہٕ گرس منٛز ۔ کمہٕ کشالہٕ کرٕ نأوے زنانہٕ اتھ چاے ۔ زٕین
چھُ اوٗ دُر ۔ بییہٕ چھس بہٕ تھوٗک مُت ۔ بازر نیرِنس کرِ چھم نہٕ ہمکتھ ۔"

تمہِ ووٚن نم ۔ " گوڈنکہٕ جنگِ عظیمہٕ پتہٕ دوٚیمس جنگِ عظیمس تانی یُس
کلچرل ہیجان آو تمہِ دِیت مایہٕ نازادبس تہٕ فلسفس زٕ نم ۔ تتہٕ پتہٕ ہیٚتِن وونی ژتجی
وٚری گژھنی تہٕ تیتھ ہیوٗ اہم واقہٕ سپدیوٗ نہٕ کانہہ ۔ یہاے دگ چھے سائنس تہذیبس
تہٕ اَمی بنأوی اَسی بیہوال ۔"

مےٚ ووٚن مَس ۔ " مےٚ مسأ پاوٗ دگ یاد ۔ وُنہٕ چھنہٕ تاپھ دران ۔ ربتہٕ کول
ووت ہورتہٕ تر چھنہٕ چھتھ ٹلان ۔ یہ ترزَن چھے مے اَڈی جن ترِتھ گژھان ۔ کمرس
چھِ ژووپأری وُلی تہٕ کھرٕ پہٕ ۔ بور چھُ وُتھتھ آمُت ۔ پتہٕ مین ژتجہِن وٚری یِن سپُد
نہٕ میانہِ زِندگیہٕ منٛزتہٕ کانہہ اہم واقہٕ ۔"

سُہ ووٚتھم ۔ " چانہِ زندگیہٕ منٛز چھُ دوگنیار ۔ پرٛان چھکھ جدید یانے
مغربی ادب تہٕ فلسفہٕ مگر روزُن چھکھ یژھان غینہِ موٚنڈکہِ ہندی پاٹھی کرٕ رِس
منٛز ۔"

مےٚ ووٚن مَس ۔ " کرِ کیاہ ؟ یژھان اوسُس بہٕ تہٕ کرٕ نبر نیرُن ۔
بدل گرس اندر زیوٚن ۔ بوٚڈ اسمان وُچھن ۔ پٹن اوٚندپوٚکھ سُنجن تہٕ پرُن لیکھُن مگر
میأنِس یژھنس کیاہ حسر چھُ ؟"

تمہِ ووٚن نم ۔ " دِپھ سأ چارٕ کیاہ چھُ ۔ از چھُ دُنیاہ ژمیوٗمُت ۔
سمسار چھُ ژھوٚٹ ۔"

مے وۆن مَس۔ "مے چھُ گۆٹ تہٕ باسان۔ ژے کیتہٕ چھے وُچھمت
ییٚلہِ ہواہ کڈان چھُ تہٕ گرٕ دوٚوتھان چھے محلکی ساری مکانہٕ چھِ گردِتل گژھان۔ وُنل
ہش چھے اویزان گژھان۔ یوتانی گرٕ دوارٕ وارٕ سانِمن اُچھن تہٕ ہٹن، پلون
دَلون، بانن بسترن پیٹھ بیہان چھے۔ یتھے رۆدشین پیوان چھُ اَسی چھِ ربہٕ
ہندِ بن کیٚمِن ہندی پاٹھی وودتل بُجہِ کران"۔

سُہ وۆتھ بڈٕ راز دارکہ یہِ سان۔ " بوز۔ ژٕ نیرامہِ ربہٕ رۆدٕ منٛزٕ ذرا
نیبر۔ وُچھ دُنیا کۆت ووت! مے چھے ژے وۆن مُت۔ یوتانی نہٕ ژٕ گرٕ تہٕ محلہٕ منٛزٕ
نیبر نیرکھ ژٕ روزکھ پریشان۔ پکھ انگریزی فلم وُچھو۔ یہٕ ییٚلہِ پریشان گژھان چھس
یاتہٕ چھُس جوسُی ناول پران یا انگریزی فلم وُچھان۔"

تمۍ اوس ونی اَخبار پَتھر ترٛووُمت تہٕ یخ چایہٕ پیالس اوس دام دام
دِوان۔ تمۍ ہیوٚت مُدٕ ے گنڈِتھ میاِنس ڈیکس گن وُچھن۔ مے پزِ مانُن زِ مے
اوس تسندِ ذیٚہانتک ہابتھ۔ تَس نِش تہٕ اوس نہٕ میون کانہہ سر کھٔٹتھ۔

تمۍ وۆن نم۔ "پننہِ لوکچہ تہٕ کم تجربہٕ سۆس زندگیہِ منٛز کۆرتھ کیاہ ژے
حاصِل؟ یتھے تہٕ یوٚتے زُوتھ تیتھے لیوٚکھُتھ۔ مگر تیوٚتے ما چھُ پزر؟ ژے چھے نہٕ
پننی ذاتھ پرزناوِمژ!"

یِژھوگتھو ستی چھُ سُہ مے اَتھومنٛزٕ زن ہٹھی یارنوان۔ مے چھِ قلمہٕ پتس
تانی آمتی اِفسانہٕ پتٔ گژھان۔

" یہِ کیٚنژھاژٕ پران چھُکھ تمی ستی چھکھ ژٕ تیتس کالس ییٚمہِ تنگ تہٕ

موٚ حدوٗ دِ زِند گیہِ نیبر نیران۔ مگر تاٗ جب چھُ زِ تہِ کو نہٕ چھُ پتہٕ چون تجربہٕ بنان۔ سُہ تجربہٕ کو نہٕ چھُکھ ژٕ پتہٕ لیکھان؟"

اَمہِ دِزِ آیہٕ مےٚ زنانہٕ مَدتَس۔ تَمہِ کوٚر رُم آلو۔ بہٕ ووٚتھُس بون تہٕ اَمی دِزِ پیوم میزِ تیل اَنہِ نیرُن تہٕ وانس بروٗنٹھ گنہِ لاٗنہِ روزُن۔ دوپُم یہٕ گو جان۔ پانےٚ ییہِ کُنےٚ زوٗن تنگ تہٕ نیرِ۔ نتہٕ گرٕ ھِ خامخاہ تُمس ستی بُتھی لاگےٚ۔

مگر واپس یتھ وُچھم سُہ اُتی بہِتھ۔ اَخبارس خبر کَتھ سنیومُت۔ بہٕ بیٚوٗٹھُس رسےٚ لبہِ کُن۔ امی وقتہٕ گو سڑکہِ پیٹھ شور۔ مےٚ وُچھ دارِ کنِہ۔ خبر گس اوس ٹیمپوہس تل گومُت۔ لُکھ آسی ڈرٕ ژیورس مُکھالو ستی دگان۔ مےٚ دِژ نظر وستی وٗنی زِ میٚون زاٗنی کارکانہہ ماچھ تل گومُت۔ یژ ھ کانہہ کتھ نہ وُچھِتھ گوم اطمینان تہٕ بہٕ بنیوس صرف تماشہِ بین۔

یارس تہٕ دوٚپُم:۔

"وُچھ ساسڑکہِ پیٹھ مکانہٕ آسنس کیاہ چھُ یہوےفاٗیدٕ۔ کاٗم کوٚٹ نےٚ آسہِ تہٕ سڑکہِ ہُند تماشہِ وُچھتھے نیرِ دوہ ..... نتہٕ چھُکھ ژٕ بُستیہِ دوٗر کوٚت تام روزنہٕ گومُت ییٚتہِ نہٕ زَن چھُ تہٕ نہٕ زاٗنتھ۔"

یہٕ وٗنتھ کھوٚت مےٚ بوش ہیوٗ تکیاہ زِ تَس زن پھوٗر نہٕ میانہِ کتھِ جوابٕ۔ مےٚ کرٕ اسنہٕ ہنا۔ سُہ اوس کُنہِ تہٕ ردِعملہٕ ورٕاٚے تماشہِ وُچھان مگر وُچھان خبر کیاہ۔ سوٗنچان خبر کیاہ۔

تمےٚ دوٚن نم۔ "یہٕ چھنہٕ اچھ کتھ۔ اَسی ہکو نہ وٗنی تماشہِ بین بنِتھ تہٕ

رۄزِتھ۔ پانٛس أندی أندی ترٛاونظر۔ اِنسان سُنٛد مُستقبل چھُ غاٛر یقینی۔ غاٛر محفوٗظ۔ کٲنٛہہ وومید چھنہٕ۔ وۄنِھ ژھانٛڈِ کتھ گرو؟ کمہِ خاطرٕ؟"

مےٚ تھٲو دٲر دِتھ تہٕ نزدیک گژھتھ وۄنمس۔

"تلہٕ ساٚ کرتہٕ بٲے کاٚماہ۔ مےٚ چھُ مکانہٕ خاطرٕ قرضہٕ باپتھ محکمس منٛز فارم بۄرمُت۔ ژٕ چھےٚ ڈپٹی سکٹری زاٚنۍ۔ مےٚ دِوناوتہٕ وارِ بڑٕ وۆنٛتھےٚ لون loan۔ نتہٕ تیم ژورِ پانٛژِ وہرِی واٚری۔ پتہٕ کتہِ بناوٕ مکانہٕ۔ کورٕ بن چھم خانٛدر کرُن۔ رِٹایر گژھنس تانۍ چھم یہِ ذمہ واٚری تہِ نکھہِ والنۍ۔ یتھ شاہس پیٹھ چھاساٚ برٕ وسہٕ۔"

"برٕ وسہٕ چھُ اَکھ غلط لفظ۔ اَتھ چھنہٕ کانٛہہ مانے۔ دراصل چھُ اِنسان اَکھ عجیب وغریب بےٚ مانہِ تخلیق۔ أمی سُنٛد زیوٗن تہٕ مرُن چھُ سر۔ یہِ سرزانُن چھُ میون مُقدر۔ امہِ نشہِ ہیکہِ نہٕ مےٚ کانٛہہ ڈاٚلِتھ۔ مےٚ ہیکہِ نہٕ کانٛہہ سیاستھ مُلی ہٮ۪تھ۔ کانٛہہ دُنیاوی زال پھساٚوِتھ۔ بہٕ چھُس اَکھ خود کفیل کلچرل اِکاٰیی۔"

مےٚ پیوٚ کمہِ تانۍ کِتابہِ ہُنٛد ناویادتہٕ وۆنمس:-

"یہِ چھکھ ژٕ کمہِ تانۍ انگریزی کِتابہِ ہُنٛد کوٹیشن quotation ونان۔ چھکھنا؟"

تمۍ وۆن نَم۔ "مےٚ یہِ کینٛژھا پۆرمُت چھُ سُہ چھُ میانٛین خونٛس ستۍ رلیومُت۔ بہٕ کتھ ونہٕ پٮ۪ٹھن تہٕ کتھ نہٕ۔ یہِ ونہٕ نچ بہوُدری کرپاٚدٕ میانہِ بابہِ زِ دُنیاہ چھُ شرٛ وکیومُت۔ بہوُدری کرپاٚدٕ۔ مارل بولڈنیس moral boldness۔"

اَمہِ پتہٕ گوسہ تھوٚ دٲتھتھ تہٕ ہیوٚتُن کانٛژن۔ "بُنیل چھُ یِوان۔ دُچھ گردِ

لمبکھ ؤتھی۔"

تَس ژٕج کرٕ کھ نیٖر تھ۔" یہِ ہسائٕ چھُس صِرف بُنٕلِس کھوٚژان۔ یہِ چھُس دٔیان جاپانَس منٛزٕ ے دۆ ہے بُنٛلی یوان چھِ تم کیٛاہ آسن کران؟"

یہِ وَنان وَنان دوٚرہو سہ ہیرن کُن بون۔ مگر یہِ وۆتھُس نہٕ تھۆد۔ مے اُس خبر یہ آسہِ کانٛہہ ٹرک سڑکہِ پیٚچ ہرٕ یٚیمہِ ستیٚ میانٛس ڈٕجی دیوارٕ مکانَس گوٚرٕ گوٚر گووتہٕ سڑکہِ گردٕ ؤژھ۔

پٔزی پاٹھی تہٕ زَن یِیہِ بُنٛیل مے پیٚیہٕ رسے بون وسُن۔ نتہٕ گژھِہم زنانہِ پھرٕٹھ تہٕ اَدٕ واتہٕ نہٕ کُن۔ اَکھ چھیے سوگرس کھوٚژان یِیٚہِ بُنٛلِس۔ گگروٚ چھُ مکانہٕ اَندری اَندری کھوکھر کورمُت تہٕ بُنٛلہِ ستیٚ چھُ اَتھ ووٚنی پیٛنٛگ قرٕہی اَندیشہٕ۔ خبر جاپانہٕ واٚلی کیٛاہ آسن کران تہٕ آسہِ تمُس خبر یُس بون ژوٚل۔



# معجزٕ

خبرِ کٔمۍ معجزن أنۍ أسۍ ترٛ ے اَکھ أ کِس نی زیکھ ۔ بہٕ ٚمے تہٕ سُہ فقأر ۔ فقأرُ چھِتھے اوس اَسہِ دون بحث لگان ۔ بہٕ وژھوسس :-

"یہِ بچارٕ چھُ دوہے نیران تہٕ پانٔس رٕکشٕ ژوچہِ ہَن اَنان ۔ اَٚخر یڈٕ ے چھس !"

ٚمے اوسُم کنس تل ونان ۔ "اَتھ اند رچھُ خبر کیاہ بِر ۔ نتہٕ کٔس فقأر آسہِ اَزکل تتھِس بڈِس موٚہنوِس گرِ روزان تہٕ پٔنٛز ژوچہِ ہَن پانے اَنان ۔"

"یمن آسہس نہٕ منگُن تگان ۔ ڈیکھ بوچھِ کیاہ کرِ !"

"بوچھ چھےٚ ژےٚ تہٕ ٚمے ۔ یہِ چھُ بدلہٕ ہے عالمس منٛز ۔ أمۍ سُند اَصل

بُتھ چھُ بدلے۔"

فقاُر سُند عالم اوس یہِ زِ ژادرِ شکھر اوسُس ؤلتھ تہٕ کلس مل ءکوٹوپۍ دِتھ۔
پانس ءستی اسان تہٕ پکان۔ یِیلہِ کھڑا وِ کھور ربہ اندر بند گیوس یا پھمبرن لۄنٹھ کُنڈۍ
تارِ پھسے یس نظر اوس اِدٕ ؤچھن کھوؤرتلان۔ بہٕ اوسس ژوچہِ ؤج رٹان یؤت
کال پھمبرن موکلاوِ ہے۔ پتہٕ ژنہٕ کانہہ بہٕ نہٕ کانہہ۔۔۔

موڈس تل وأتتھ اوس سن بہٕ دؤرتاف ؤچھان۔ مےٚ تہٕ کیاہ کاٚہے
اُس۔ اُمۍ ءسنز وۄتھ بیٹھ، اُمۍ سُند کلہٕ نژناوُن تہٕ پانس ءستی کتھ کرنہٕ ژرژن تہٕ
شینکُن۔ ظاٚہر پاٚٹھۍ اَسُند بُتھاہ ؤچھن تہٕ بس۔

یِیلہِ یِیلہِ بہٕ سوچس گوہان اوسُس اُتۍ اُسم کنس تل کزکھ گوہان۔
مےٚ اوسُم ونان:۔

"یہِ دِیِ نہٕ پتھ کُن نظر۔ اُمۍ سُند اصل بُتھ چھُ بدلے۔" بہٕ اوسس
درجواب ونان:۔

"اُسی تنس تہٕ اسہِ کیاہ؟ مگر اُمۍ ءسنز ہمدردی زن گیم ...... بچار!"

تمہِ دوہہٕ تِج فقاُرن مےٚ کُن سیدٕ سیوٚدٕ نظر۔ مےٚ دروٚ نہٕ تس بڑ وٕتھ کنہِ۔
کُنی ٹکھ کڈُن تہٕ ژؤل۔ بہٕ تہٕ گاٚبرٕیوس اَسُند یہِ بُتھ ؤچھتھ۔ مگر تمۍ کُملاٚوی ؤٹھ۔
نزد پکھ ءتھ کرنم زِندِ گیہِ منز گوڈنچ کتھ:۔

"مون مکھ ہبا! مقام چھے ژنے تہِ پڑ وومُت ۔ ٹل پرہِ ۔ نیر نیبر ۔"

افسوٗس! أمی مابوٗ زسون بحث!

" مگر بہٕ کوٚت تژ اوَتھ ۔ گوڈٕ وُنم گورُگس چھے؟"

زَن بہٕ ژوٗ رِ روٚٹہٕ ہَس ۔ زالس لجہِ مزِ گاڑِ ہنڈی پاٗٹھی اوُسس بہٕ مَنز سڑکہِ ژھژٹہٕ ژھژٹھ کران ۔ فقاٗرن اوس نَس بُتھی چَن گیٚنین تھپھ دِتھ روٚٹہٕ مُت ۔



# رَپوٹ چھُم چندس

ییٚمہِ وِزِ ڈاکٹرن مےٚ رَپوٹ دیُت تَس اوس کلہٕ بون گن۔ یہِ اُس مےٚ تمِس نِش گژھنس گوڈنچ لٹھ۔ مےٚ ہیوٚک نہٕ وُچھتھے سُہ کُس چھُ تہٕ بُتھِ کیُتھ چھس۔ شاید آسہِ ہے رَپوٹ دِوان دِوان تَس بُتھ الوٚنڈ گومُت۔ اُچھن آسہِ ہیس زانڈ ہش واہراونہٕ آمژ تہِ پاٹھی نپہٕ نپہٕ کروِنس آلبس پٹھ تیلہٕ پھیوٚر پینہٕ ستی زن تہٕ دِرلیوٚب گژھان چھُ۔ یہِ اوس میٚون انداز ے تِکیازِ مےٚ کتہِ وُچھ تُسند بُتھ یِیلہِ تمؠ مےٚ اُتھس کیتھ کاگد دیُت۔ تَس اوس کلہٕ بون گن۔

مےٚ پوٚر رَپوٹ تہٕ ڈاکٹر واکٹر گوم سورِ ے مُشتھ۔ خبر بہٕ اوسہٕ پکان کِنہٕ اُکرِ ہے جایہِ کھڈا۔ پکوٚنی لُکھ ژلہٕ وُن تمے سوٗزِ ے گووٕ مےٚ اُندی اُندی

رٕہتھ۔ یہِ کیٚژھامےٚ اٚندیٚ پٔکھی چھُ یہِ کیٚژھامےٚ ویٚو دچھُ مےٚ زَن اوس تمیٚک مۆلہِ کُٹھُر راز لوٚبمُت۔ رَپوٹس منٛز لیکھتھ پٔرتھ کاٚنہہ کتھ اُس کاٚنسہِ نتہٕ کاٚنسہِ انسانٕس ستیٚ رلان تہٕ تَس لوٚگوٚ گوٚھان۔ مےٚ ہیوٚتُن گیوٚ ریُن۔ قَدم ہیٚتہِ نم گوٚژ۔

یہِ راز اوس نہٕ لوٚتہٕ وأے۔ اٚمی گوٚبہٕ رأوی نَم ٹأری۔ یَس گٔن نظر تجُم سُہ باسیوٚم آۍ سیٚو مُت۔ کُسُند قَدم کتھن تھگ دِیہِ گُس کتھ شاہَس چھُ پژاران، قَدم ٹُلنہٕ پیٚٹھ بیٚیہِ پُتھرِس تڑ اونٕس تانیٚ کیٚاہ ہیکہِ اٚمِس گدرِتھ۔ تہِ ہیوٚت نَم نُن۔۔۔

میٚانہِ دارِ سیٚدٕ سیٚو دسٹر کہِ اپارِ چھُ ہُہ بُڈ وانہٕ پینٛجہِ پیٚٹھ ہِتھ زوسان تہٕ ڈُگرٕ تھپہِ ہِشہِ تھوٚ کہٕ کھاران آسان۔ تہِ گُس چھےٚ خَبر یہِ مےٚ اٚمی ہِنٛزِ زندگی مُتلق خَبر اُستھ ہیکہِ۔ ہو سوداگار ینٛز یوسہٕ خریدارس سوداکم تہٕ نخرٕ زیادٕ کنان چھےٚ۔۔۔ اٚمی ہِنٛد بن ہِکھِن تہٕ ووشن گُس چھُ میٚانہِ کھوتہٕ زیادٕ شاٗہد۔ کھیٚشو کھیٚشو پکہٕ وٕنی کالیج لڈکہٕ تہٕ کورِ۔۔۔ پوشہِ گُلمن تل یِہنٛز راز دارانہٕ کتھ باتھ کٔمی چھےٚ مےٚ بغأر بوٗزمٕژ تہٕ یِہنٛد بن سیٚنن ہُنٛد نار گُس ہیکہِ ووٗنی مےٚ بغأر ژھوان وُچھِتھ۔

یِمہٕ رازچہِ کتھ ونہ ہأبہٕ۔ کِنہٕ ونہٕ نہٕ؟ مےٚ پھٹہِ بوس۔ مےٚ چھُ وُنی کیٚاہتام مگر وٕنتھ کوٚتاہ ہیکہِ۔ دیوٕ لیکھنہٕ ستیٚ لوتہٕ۔

گرٕ واتنہٕ وِزِ اوس مےٚ اٚکِس اَتھس کیٚتھ رَپوٹ تہٕ بیٚیس اَتھس اوس منٛز باگ سگریٹہِ تیوٚنگلہٕ ستیٚ زوٚدہیوٗ گومُت یُس مےٚ رَپوٹ پَران پَران موچھِ اندر چیٖرٕ روٗٹ مُت آسہِ ہے۔ گرٕ واٗتِتھ پوٚرُم رَپوٹ بیٚیہِ۔ اَتھ اوس پیٚٹھ کنہِ ناو لیکھِتھ۔ ناو کیٚاہ۔۔۔ اَکھ اَسہٕ وٕنی تہٕ کِنٛدٕ وٕنی کورِہَن۔ یاون مُو۔ بُتھی لبن نارٕ

بڑیہہ نیران تہٕ پکنہٕ ستی خوش بوٕیہ ہنزٕ واوِ رِنگہٕ الکنہٕ تہٕ ولنہٕ یوان۔ تہٕ أمی ہیے نیرِ نہٕ بُزنو...... سوزہٹھ گاشر وتھ تیمکی سوٚپنن أمی ہنزٕ چشمہٕ جادٚے پہان کزلا وِمژ چھےٚ گوٚ ھِ ہنگہٕ تہٕ منگہٕ ژھپتہٕ۔ مےٚ پوٚر رَپوٹ بییہٕ۔ حرف حرف تی۔ مےٚ گوٚ زن موٚٹھن۔ کیاہ بہٕ چھسہٕ تنہٕ پتہٕ ووٚنی أمس تتھٕی ژِہس پڑاران ییلہِ رَپوٹک اُخری انکشاف پوٚزنیرِ؟

میٚہ اوس مَنزٕ اَتھ دوٚ دمُت۔ دَگ أسن اتھ پتہٕ نرِ سپنس دِلس تہٕ اَنگس اَنگس پھاٗلنٕ ہیژٕ مژ۔ مگر ونہٕ کس؟ ہُمی سُند ونگھ یسُند رپوٹ اَتھس کیتھ چھُم رِنہٕ پٔنن، یسُند رَپوٹ وُنہِ کاٗنسہِ لیوٗ کھمُت چھُنہٕ۔ وول گوٚعکس چھُ مےٚ مَنزٕ اتھس پتہٕ ٹاکارٕ تہٕ مےٚ ژینہٕ ون دِوان......؟ وٗنتھ ہیکا بہٕ کاٗنسہِ؟ دیوٕ لیکھنہٕ ستی لوتہٕ۔ لیکِھتھ تہِ کیا گژھِ اَتھ؟ جاہِ کھوتہٕ جاہٕ ژھانڈن زیرک لوٗکھ میون لیکھُت یا أمی ہنزِ بیمارِ تہٕ میاٗنس سگریٹس رِشتہٕ، یا مُشترکہِ کیژھا۔ تھ زَن پٔنن لفظٕ ووٚ ترُتھ پتہٕ خرچاوِتھ ہیکن۔

أندری آسم دگہِ ستی زن تہٕ ریٚیہِ تیلان نیبرٕی کرٕ مگراسنہٕ ہنا۔ أندرٕی دِمہٕ اَتھس موٚٹھ۔ پننہِ جایہِ دِمہٕ ژیتھ زِ چھا سنایمن کاٗنہہ ہشر؟ کاگدس تارنہٕ خاطرٕ دِمہٕ لفظن ووٚن۔ فلسفا کاٗنہہ تھُرٕ۔ سُہ فلسفہٕ تہِ کیا آسہِ تمہِ ورأےیہِ أسہِ زیرٕ کن تہٕ کاکین ہندین اِشتہارن مَنزٕ وُچھنس ہاٗل چھےٚ؟

یاون مُژ چھےٚ بےٚ پھروٚک پاٗٹھی پننہٕ نس ووٚ ہارس لٔج مژ تہٕ بہٕ چھُس تتھ بڑنِس پڑاران یُس أمی ہنزٕ زندگیہِ مَنزٕ وُنی نتہٕ تھ ہیکہِ۔ مگر سو چھےٚ بےٚ خبر۔

سُلہِ ووتھان رنان پۄان، خاندارس دفتر نیرنہٕ وِزِ ژیر تانٛی بَرس پتھ ؤ چھان روزان یوتانٛی سُہ نظرِ ڈلہِ، شامَس تو شان تہٕ صُبحس روشان۔ دوہلی تارکھ نبس پٹھ اول بناونچہِ سٕۄکران تہٕ راٗژن گاشہِ تھۄنگل ؤ ہہٕ ناوان۔ اَتہِ چھنہٕ دوہَن حِساب۔ اَتہِ چھُ سمے ؤپھ دِتھ ژلان۔ مگر میانٛی کنٛی چھِ خبر کتھ اٗخری بژٕ نژِس پژاران۔

رَپوٹ چھُم چنٛدس۔

یہِ رپوٹ گۄژھ اپُز آسُن۔

زوسہٕ لد بُڈس سودا گارِنہٕ تہٕ کالیج لڈکین کیٛا فرق پییہِ؟ بہٕ زَن کھارٕ پانَے رپوٹس تہنٛدتہِ ناو۔ تِمن روزِنہٕ خبرٕ ے۔ وول گویوسہٕ دَگ مےٚ پانَس اَتھس سگریٹہٕ تیوٗنگلہٕ ستی دزنہٕ ستی گرِن تتھ کیٛاہ کریم کانٛہہ۔ سو چھم ژالنٛی۔ کأنٛسہِ ہکہٕ نہٕ ہاٗوِتھ۔

ڈاکٹرن ترٛ وونَس جادَے دولابس۔ پٔتن بُتھ تہِ ہووُن نہٕ۔ سُہ ژھانڈان ژھانڈان تَسُند مطلب تہٕ تَسُند بُتھ بدِ کڈان کڈان آسن مےٚ ہتہٕ بُدی بُتھی ؤچھمتی تہٕ پرزناونچ کوشش کرمٕژ۔ میٚے یاٗ ژنہٕ۔ میأنٛی پاٗٹھی تہٕ مےٚ بژ وٕنٛتھ خبر کتیو۔

خَبر مےٚ پِیا اَتھِ کینٛہہ، سُہ لبن تیا؟ خبر سُہ آشیا گوڈٕ پانہٕ تہِ زِنٛد ے؟ مےٚ رَپوٹ دِنہٕ وِزِ یتھٕ کنٛی تِمس بُتھ تہٕ اثرِ وۄ تھمُت اوس تمہِ حِسابہٕ چھُم نہٕ باسان سُہ آسہِ وونی۔ بہٕ کۄرنَس ناپریشان۔ پتہٕ مےٚ پٔنٛز دَگ۔ یہِ تہِ مادِیَم قرار......



# بُتھ مہ ساۆژ کھراو!

توٚہی اٚسو دَپان میٚہ چھےٚ سوٚنہہ ڈِس گاٚمتۍ۔ وارِ کارٕ اَکھ تہذیب یافتہٕ منوشاہ مُتس گس تانی نکھہٕ بہتھ زَن تہٕ اٚمس اویزان گوٚمُت۔

توٚہی تہِ واٚتو نہٕ مارٕنۍ۔ سوٚتھ بوٚتھ تہٕ ژَے۔ تہذیب پَچھان چھےٚ یِ تہٕ مُتس تہذیب کھوژانے چھُ۔ ناحقہٕ کرہس ژوٚتس پیٹھ ننگہٕ۔ ہار لوِنہٕ پتہٕ۔

پتہٕ واٚتسہِ دزایوس اٚزی مولُل سوٚتھ لاٚگتھ۔ کوٚتاہ کال گو ٹیرِپلین چلان؟ دَپھ وٗری وٗہ باہ۔ میٚہ اوٚن تتہٕ پیٹھٕ اٚزی۔ نیرِ ہاٚ ناتیلہِ چھمہ خمہٕ؟ یہِ زَن وونی یہِ موٚت ژوٚتس پیٹھ رٗتھ تہٕ ژٗتھ تراوِہیم تہِ کوٚرُم نا جانے زِلوتی آس اٚمس ہتۍ؟ یوٚت پکہٕ نوونس توت پوٚگس۔ یتھٕن بیہہ نو ونس گسہٕ نالہِ پیٹھ

مُتس باز رس منز تہ لوتی بیوٚٹھ سَسس۔

ہے بہٕ نہٕ سائٕ چھُس بحث کران یا شاہد تھ تاران۔ بیٚیا ییٚتھن یتھ لوٚکہ مجمس منز؟ تہٕ بیٚیا ییلہِ سوٚتھ بوٚٹھ لاگنہٕ موکھ تہذیبس تہٕ دُنیا ہکس رواداٗرِس چیر تھٲتھ پزیم کرٕنی۔ تہٕ تہذیب یافتہٕ آسنہٕ موکھ ژھوپہٕ پزیم کرٕنی؟ بیٚیا ییلہِ توٚہۍ سأری اَسان چھِوٕ؟ گرساٗ دِیہ دِیہ۔

ہے اُسی توَ تہٕ بہٕ کیاہ کرٕ توہہ؟ توٚہۍ چھِوٕ تیمس میأنس مُتس پٔتھ اَسان۔

وونی گوٚیہ میونے موٚت تِکیاہ زِ اُمِس نکھٕ چھُس بے ہتھ تہٕ وُنی کس چھُس بہٕ اُمی سُنٛدے 'نفر'۔ توٚہۍ چھِو سوال کران تہٕ یِتھُے یہٕ اولہٕ دولہٕ جواب دِوان چھِوٕ، کُنہٕ وِزِ صرف اَسنہٕ ہنا کران، کُنہٕ وِزِ روب کران چھِوٕ، یا بے مانے گنگرارے کران چھِوٕ توٚہۍ چھِوٕ اَسان۔ اَسِن مَلر چھ ووتھان سأرِس واہراونہٕ یِوان مگر میٚہ نِش وأتتھ ژمان تہٕ ژکھرنہٕ یِوان۔ تُہنزٕ اَسہٕ وِنہٕ نظرٕ چھےٚ میٚہ نِش وأتتھ آرٕ بُرٕ ژبنان۔ خبر کیاہ زِ؟ بے تیمس مُتی سُنٛد نفر چھُس تہٕ۔

مہٕ سأیی نو آرمیٚہ پٔتھ۔ بہٕ نسأ چھُس پتھر پیومُت۔ بہٕ چھُس زأنتھ مأنتھ ییٚتھن سرٚکہِ پٔتھ ہتھ۔ بہٕ ہساٗ چھُس مَزِس منز۔ اُسو اُسو بہٕ ونوٕ نہٕ کہیں۔

مگر وونیے زأنی مَوتہٕ۔ توہہِ چھنہٕ اُمی ہنٛدِ اَسنہٕ سٕتی یایمو اولہٕ دولہٕ جوابو سٕتی بو کہٕ پھولان کینٛہہ۔ ہٕلی کہِ چھِوٕ توٚہۍ غوطن گرھان تہٕ اُمی ہنٛدِ بن لفظن تہٕ حرکتن مانہٕ ژھاران تہٕ واتھ دِوان۔

ہوٚ کیا! ہُمی اُکی پزٕ ژھُس وُنی۔ "رمضیا! چنٛدس چھیا کینٛہہ؟" تہٕ

دورِنس اَتھ ۔ تیمی رمضہِ مُتۍ رُٹنس اَتھ تہٕ بیوٗٹھس اوٗنگجن درٕ سہِ دِی دِی ٹیس
کڈنہٕ ۔

اَمِس آسہِ لوٗ گمُت ۔ اَتھ نیوٗن پَتھ ۔ بیا کھ ووٗتھُس ہمدردی تہٕ روبہ
سان ۔ "ہوا! ما نہٕ اَتھ پَتھ ۔ شِکس ہاپچھے ٹیسن ستی نوان کڈِتھ ۔ شِکس لدا۔"
پَتہٕ ییلہِ مُتۍ اَتھس تھوکھ لاٗیس تہٕ مجال چھا ووتھ راوِ ہے ۔ وُچھی تو اَتھ چھنو
تھوٗ مُت پَتھ کُن کھٔتِتھ ۔ ووٗنی آسہس تھوکھ پشہِ پے ہژ ۔ یا بیٔن ہنڈ یو پکو وستۍ
ووتھراونہٕ آمژ ۔ مگر اَمِس چھُ قسم موکل ۔ اَمی ماووتھراٗ وپانہٕ؟ اَسی تَن اَتھی تھوکہٕ منز
یاٗری!

پنہٕ تو ہی ژنوِ مجمہٕ لاگنک شوق ماچھوٕ مِیہ ۔ یہ تہٕ ونوٕ صاف صاف مجمس
چھس بۓ تیوٗتے کھوژان یُتاہ توہی وُنی کیس یَتھ مجمس منز شاٗمل روٗزِتھ مَتِس
جتاہ جتاہ گرِتھ لطف تُلان چھوٕ ۔ مِیہ چھُ ہمیشہِ پھرٹھ روزان زِلکہ ہیرِ ہیرِ منز کُنہی
نہ تَے چِنڈہِ ہے پھرنم ۔ اَوَے چھسونہٕ بۓ مجمس زانہہ ووتھ پُوے دِوان ۔ مجموعہٕ
بازچھوٕ کرٕ یشان آسان زِ گر یہِ یہ سانہٕ جماٗژ منز ۔ مِیہ چِھکھ ناوتہٕ ٹِپھ کڈی ژتۍ زِ
ہے یہِ ہساٗ چھُ اَندری پنہٕ نسے اَنہِ گٹہٕ دُنی یاہس منز روزان ۔ پانہ ہے منز ہساٗ چھُ
شروکیومُت آسان ۔ اَلاندہن تھَپہٕ دِوان ۔ حقیقت نہٕ ژرژان ۔ گاشس نہٕ
مازان، یہِ گِٹہہ کانٔسہِ دُشمنہٕ سُند شیچھ گوٗر آسُن ۔ اَخر زمانٔے کوٗت تانٔی ووت ۔
سماج چھُ دِوان تہٕ یہِ کونہٕ اَتھ شاباش گران تہٕ ژرِپوٗپ کران ۔ اَخر اَمِس چھنا
بوزنہٕ یِوان؟......

میٚہ گرٕ کھ لیکہٕ لیکھ یہِ ڈۄپ زِتہِ۔ نوی بٹہِ کین نٹمن کھور ہَس۔ بیٚتہِ مجماہ لجیو و میٚانہِ تصویرٕ آیہِ تتہِ ایلانیاتر کرنہٕ۔ مگر بہٕ وَنہٕ ہأ کیاہ؟ بہٕ تہِ اوٚسس تمہٕ کریکہٕ بوزان۔ مُڈے ۄنی توم۔ کرٕ یکہ آسم باسان واوِکی پأٹھی وُڈِتھ گرٕ ھان تہٕ کرٕ یکہٕ بوزَن وألی مجمہٕ لرٕ ھ ہِندی پأٹھی ہورتانٔ تتھ ئتی ئتی لِتھ وَنہٕ یِوان تہٕ وَنان۔

"ہے تتھے چھا؟ أمی ہشرٕ اتھ بے رُخی آسہِ ضۆر رۆرکینہہ مطلب۔ وۄنی گووطفان چھِ آمتی۔"

شُکُر چھُس کران پنہٕ نِس صبٕرس زِلۆب گُن اوٚسس۔ دِلن کڈٕنم نہٕ ووڈھ تہٕ مجمسِ منٛز گوس نہٕ شأمِل۔

مجمن منٛز چھُ مال ووتھان جَل۔ مۆتے زَن چھُ رمُضَ تہٕ کتھٕ چھنا کنٛان ہورہو ہورہو؟ تھوکہٕ تاثیے ووتھان چھَ اۄشرٕ۔

اَدِ کیاہ بہٕ وُنی کَس یتھ مجمس منٛز کران؟

ہے میٚہ تہِ چھِ کمزۆری۔ یرٕ ھاتو ہمہِ أکس أکس چھوٕ۔

خَبر کیاہ کرنہِ دژایوس گرِ۔ یاد گس چھُ؟ نۆس ٹیری لین سۆٹس اوٚسس پَتہٕ تہٕ برونٛٹھٕ وُچھان۔ گاسہٕ تِلم پیٚیہٕ ہیٚس تہٕ أچھر واَلوئتی اوسہٕ سَس ٹلِتھ نِوان۔ خَبر رۆزِم نہٕ یۆ تانٔ رٕمضی پُتی کنٛز کالرس تھٕچھ دِژم۔ اَکھ اَکھ یَل چھُم دِوان تہٕ أچھن برٕ ونٛٹھ کنہِ چھُم سَرٕ کھ گرٕ وادِ نیرِتھ گرٕ ھان تہٕ کھورَوتٕلی زَن تہٕ میلہٕ وادٕ۔ کالرس گرنَم میٚٹ تہٕ کوٚتھس گرٕنَم ماَلہٕ اَتھو تھپہٕ دی دی چھٕٹھ۔ توٚ ہ مہ ڈیوِ غنیمتھ زوٚنم تہُندی پأٹھی۔ بہٕ کیاہ باغأرت چھُسنا؟ مَتھ گوم تھاپرٕ کڈٕس تہٕ نالہِ منٛز دِمَن

دأ رِتھ۔ مگر......

مگر قلم مۆ نگہ نَم۔ قلم کتہِ اَنہٕ ہا۔ سَہ اوُسُس ڈگری حاصِل کرنہٕ پتہٕ مدِ فضول زأنتھ گری تڑ اوان۔ اکھ غلطی اَسم گرہۄ تہٕ بیٚاکھ تہِ کرٕہا؟

متِس کھوّت خشمہٕ تہٕ دۄ تھمُم۔ اَن پڈ! اُلوٗ کی پٹھی! (خبر میون خوش لوٹہٕ بُتھ وُچھتھ مالِجِس دِلس گژاے تہٕ زنانہِ ہندی پأٹھی کوٗرنم خطاب) تہٕ دیُت نم پننہِ چندٕ منٛز قلم کڈِتھ۔ پتہٕ وولُن قلم تژ ٹھاہ ہیٚو میأنس پیٹھی مس کوٹھہٕ چندس منٛز پننہِ اَتھہٕ سان۔ یکیاہ سأ یتھ چندس یُس کوٹھس پپٹھ بیجکہِ (badge) پأٹھی الوٗنڈ گومُت چھُم۔ گمہِ کشالہٕ اوسُم نأوِد پوٗنسہِ سومبرأ وی سوٗمبرأ وی سۆٹ سۄنو ومُت! میٚہ ہسأ۔ نتہٕ کیاہ مجبوری اَسہم۔ دپان سۆٹھ لاگنہٕ ستی چھُ روب پیوان تہٕ نوکری چھُ جَل میلان۔

اَمی ہندی اورٕ ے قلم دِنن موٗرس۔ سأرٕ ے اپری پیری وُژھم۔

دۆ پنَم۔ "رٹۄ تھوٗ چندس۔ ماتا مال چھُیا گژھُن؟ کِتاب ہا چھے مۄ رِتھ۔ کرٕو دسخط۔ کرٕو دسخط۔"

ذِ کر لأجن۔

وونی وُنوِ تو ہی ژۆ لکھ کوناِیار ییٚتہٕ؟

تہٕ کیاسأ زِ ژلہٕ ہا؟ بہٕ تیٚے وونی کانٛسہِ ہُند "نفر" بنیوس۔ توہہِ کتہٕ گژھ برداش۔ توہہِ منٛز چھُ پژتھ کانٛہہ کانٛسہِ نتہٕ کانٛسہِ ہُند "نفر" تہٕ اِد محفوظ زندگی گذاران۔ چھُنا؟ چھامیأنی یہِ کرامات پژ کِنہٕ نہٕ؟ متہٕ مأنی توم فقأ ریامۆت۔

توٚہؠ وٕنِو تیمِس فقأر۔ فقأر صأب! رمضہٕ صأب!

میٚہ چھُ أمِس وَنُن موٚت۔ رَمضہٕ موٚت۔ فقأر گوٗسہٕ یُس پأنَس موٚت وَنہِ۔ پأنَس لبکہٕ کٔڈِ۔ اَاِسٕز فقیٖری ہتۍ بأج وَٹھ آسنہٕ موٗجب چھُ میٚہ تہِ أمِس موٚتے وَنُن۔

پتہٕ؟ پَتہٕ کیٚاہ گوٚژھ گژھُن؟ تہِ گٔرتھ توٚہۍ خَبر چھَ تہٕ۔ توٚہہِ تیٚے میٚہ ہتۍ ہتۍ میلہٕ وادٕ ژھنڈِو۔ کِنہٕ میانہِ زیٚوِ چھو وَنہٕ ناوُن یژھان؟ ہۍ میٚہ کیٚاہ ییٚتی چھا روزُن؟ توٚہہ چھَ جلدی تہٕ میٚہ چھُنا؟ گرِ گژھہٕ ہأبہٕ تہِ واپس جل تہٕ کوٗٹھس کرٕ ناو ہأ چندٕ ٹھیکھ۔

تژٕ ھے جلدی چھم یژِھ ژیٚہ چھے۔ ژٕ چھُکھ نادَپان زِ گرٕ واتہٕ ہأ کھ تہٕ اَتھ کھور چھلہٕ ہأ کھ۔

ژیٚہ ہسأ چھُسے وَنان۔ تھوکہٕ اَتھ وأ لِس۔



# بیٛا کھ رێش نامہٕ

-تیٚلہِ اُس کٔشیر رێش واُر-

رێش اُسی زِندٕ گیہِ ہُنٛد کرٕوٹھ سفر کڈٕنچ سبٔیل گیوان تہٕ پکان- یُتھ زِ نہ روزِ ہے سفرٕچ کل تہٕ نہ کرٕ تیچھرٕ چ دٕ ے- نہ یہِ پریشانٔی زِ ہم سفر گُس تہٕ کیٛا زِ نہ یہِ زِ حِساب گٔمی تھوٚو- نتہٕ خبر کتیٚ رێش تہٕ فقاٗر سنٛت تہٕ سادٕ تھی- ووٚنی ہے سفرس دوران کأنسہِ نظر پیٚنہٕ تہٕ دِژنکھ تھچھ- اَز ہالوٚ بہٕ مکھ بَبا! مگر تیٚتھی اِتفاق اُسی شاژٕ ے گوٚھان- لُکو ژٕھی رسم تہٕ قسم- ژٕچھِنٕز کھوٚوٕری کلہٕ پھِرِتھ دِژٕ کھ پھیکیٚمن پیٚٹھ بہِتھ فرِشتن تہ حرفس گواہ دِوتھن پننہِ جان نیٚژ ہٕنٛز شہادَتھ- دُنی یاہ زوٚنگھ تاون تہٕ خودایَس موٚنگھ ہا کھ تہ بتہٕ-

-تیٚلہِ اوس سبز راپز را۔

روٗ چھتھ ہیتھ اُسی سفرس نیران تہٕ ییتی گورلبیو کھٕتی پھیرے یہِ پوٚت تہٕ ژاینیٚ یہِ اَندر۔ مگر تتھی اِتفاق اُسی شاژٕ ے گژھان۔ سُہ تہِ ییٚلہِ تمُی گورن پانَے ننیر کریٚو وتہٕ سفرس ووستہٕ ہیٚتھ تار دِژونکھ۔ تمہِ دوہہ تَس ڈرٛیورٕ ہندی پاٹھی یَس پرٛزٕناوِتھ سوارمن حاَرتہٕ ستی اَچھ واہراوانہٕ آیے یہِ زِیہِ رینچہِ مَس واُنکی الاٚندی ترٛاوِتھ، ووزجہِ اَچھ کرِتھ، سگریٹن ہندی دِہ لمبکھ ترٛاوان مَس شخص ماچھُ پانہٕ کرتاوٗ منٛزِ لس ووت مُت۔

-سُہ اوس بدلے وَق۔

پرٛزٕناوِتھ تہِ دِژنہٕ ڈرٛیورس کانٛسہِ سوارِ تھچھ زِاَز ہالوٚبہٕ مکھ بَبا۔ سو ہے پیہِ ہے بدتمیزی مانہٕ۔ صرف کرِلکو خاموٗشی سان نظرٕ تَس پیٹھ مرکوٗز تہٕ پنہٕ نمن چندن چیرٕ تھچھ کرِتھ روٗدی اَمس بندے خودایَس کُن آرٕہتی دُعا منگان زِاَسہِ کرَ برکتھ۔

-تیٚلہِ اوس سخ پانہٕ نیار۔

ڈرٛیور اوس قدمہٕ قدمہٕ رُکان پرٛتھ کانٛہہ سوارٕ ری ٹلان۔ یہِ چھُ پزر زِ سوارِ آسہٕ تَمہِ وِزِ وقتی طور گابران ییٚلہِ زیٚٹھِ سفر چہِ بسہِ لوکل شہرٕ بسہِ ہنٛز بأش گژھان اُس۔ تمن اوس نہ تَمہِ وِزِ دہنگ حُکم یاد روزان نہ دُنیاہچہِ مجبوٗریہِ۔ تمن اوس سخ خشمہٕ لگھسان مگر پتہٕ اُسی اَسہٕ وِنہِ ہونٛچہِ ٹرٛیفک اِنسپکٹرس زارٕ پارٕ کران زِ ہے کورِوول چھُ بچارٕ۔ ترٛاوتَن یُتھ اَسہِ سُلہِ گرٕ واتہٕ ناوِ ہے۔ ڈرٛیور ہندِ صبرک سمندر اوس پرٛژھن وِزن خاموش روزان۔ سُہ اوس پتہٕ تہِ تتھے کنٛی بسہِ اَندر تہٕ پشس پیٹھ

سوارِ کھاران تہٕ پکان۔

۔تیلہِ اُسی بندٕ ے خوداے بڈٕ اِنسان شِناس۔

نتہٕ اوسا پڑتھ کانٛہہ ڈٕ ز یور تتھٕ کُنہٕ نہٕ کران یتھ کُنہٕ تمۍ کوٗر۔ موقہٕ محل باسیوس برابر تہٕ موزوٗن۔ وَق اوس راتھ۔ بس اُس ژٕھتھ۔ بس پکنہٕ ستی اُسی سوارٕ ہن ہنٛدی کوٹھی کھونہٕ وَٹھ کرٕتھ پھیکٕی زَن تہٕ ڈیٚسلن اکھ اَکس منٛز سِپ بیٚہہ نَاوِی ہٕتی۔ نتٕے شیشہِ دارِ پوٗٹ کھارٕ ہن تہٕ زِ پانٛژٕ ہ پٔہن سڑکہِ پیٹھ چھکنہٕ۔ اوٚ ے کھاجہِ ڈٕ زیورن زنانہٕ سوارِ زٕ ژور پننہٕ دارِ کٕنی۔ اَجہ رچن پانس ڈیٚچھنی کھوٗرِ ری تہٕ اَجہِ بانٛٹس پیٹھ، باقین سوارٕ ہن اورِ یورڈ اُلتھ۔ سوارٕ ہو کوٗرُس کاٗری گری پیٹھ مرحبا ما سوایہِ اَکی بُڈن یُس سیٹہِ پیٹھ تھوٗ دٕ ٹُلن زِ مُری ڈٕیادم زنانہِ تژ اوٚ ژ جاے۔ ژٕ ے چھے ہوٗ تتھ تاژ گوٚ ھن۔ اِنسانٛیتھ تہٕ یخلاق چھُ یِی نتہٕ کیٚنازِ دِمہ ہاٗ ے ژٕ ے تکلیف۔ بُڈٕ وٗ تھ تھوٗ دتہٕ بوٚن وٕژٕ ہہ مِ سوارِ ہنٛزِ جایہِ بیچھو وِ بانٛٹس پیٹھ مگر ڈٕ زیورن کھورٕ دٕستی ٹوٗ تتھ کُس تاژ زاٗنی کارِ زِ چھاژٕ وسکھ ہُتی تھے۔ تیٚمس ستی کرِ توتہٕ کتھ کتھ نتہٕ، کتھٕ کٕڈٕ ویہ سفر۔ زِند گیہِ منٛز چھٕم یِتے حاصِل کوٗ رمُت۔ بس اَکھ یخلاص۔ دُنیا چھُ بے ثبات۔ سوارٕ ہن گٔے یہِ گُفتگوٗ بُزِتھ کن کھڈا۔ بُڈٕ س کُن تژ اوکھ حقارٔ ژ برِتھ نظرِ۔ تمۍ کرِ اَچھ بوٚن کُن۔ مطلب غلطی ہُنٛد احساس گوس، اَنا تہٕ اہم آسہِ ہیس پھُٹٕن ہیوٗ تمُت۔

۔تیلہِ اوس کانٛہہ بےٚ وجہ کاٗ کِ گی کران۔

بُڈٕ تہٕ بیٚوٹھ ووٗنی بیٚین سوارٕ ہن ہنٛدی پاٗ ٹھی ڈٕ زیور ہنٛدِ موکھٕ دٕژ امتِحٲن

موکھتہٕ پھلبن مالہٕ کرنہٕ۔ بیٛپاری نے کنڈکٹرلو نچہٕ لمہٕ بیس زِیُڈ چچاپچھ کرٕ دِکھ ہار؟

ووٚنی سٹیپس پیٹھ بہتھ اوس سہٕ سوٗنچان زِ دوٚ ہے چھِ یم جانگرٕ کران تہٕ دٔہَن قدمن

تہٕ پوٚر فاصلہٕ چ تہٕ سائلم سفرِچ کرایہِ ہوان۔ از دِمکھ نہٕ ہرگز۔ اُزٹکر کھ۔ اکھ گیکھ

گیٹن ہنٛدی پاٹھی سوار برنہٕ تہٕ بیٛیہِ یہٕ ظُلم۔ ووٚنی ییلہٕ سیپٹ تہٕ کھیٛیہِ ہَس تمیٚ وچہٕ

موچھ زِ کہیں دِمَس نہٕ۔ مگر کنڈکٹرن گرس گرٛزنہٕ تہٕ ہم سفرن ہمہٕ نَس پزٛاٹھ واہراونہٕ

یِنہٕ۔ تَس باسیوٚ پان بیچورتہٕ شِکس لدہیوٚ۔ جنوٚنَس منٛز ییتھ لاٚ ے تمیٚ ڈرٛیورس کرٛکھ زِ

بس رُکاو۔ ڈوڈھ ہتھ نفرن ہنٛدِس چرِ گِشس منٛز بوٗزس نہٕ ڈرٛیورن حالانکہ بُڈس

اوس بہتھ زِ شکایتھ بوٗزِتھ رٛدِ ڈرٛیور کنڈکٹرس ضوٗر۔ آخر ووٗتُن کنڈکٹرس

مے ترٛاوٚیتی۔ بہٕ گرٛشہٕ پاٚدِلی مگر چون یہٕ ضِد تہٕ پھٹراو۔ تمیٚ بیٛتی یل دِنی یتھ پرٛ منٛز

پان موکلاوِ ہے۔ اندی پکھی چن سوار بن آو جیرٕ تہٕ دُل باکھہِ ش ڈٔٹھ۔ ڈرٛیورن

گمہٕ ناوی وُٹھ تہٕ بڑٕ آرامہٕ سان رُکاوٕن بس۔

۔ تیلہٕ اُس اِنسانس ازمائش سپدان۔

بَس رُکے یہٕ منٛز وتہٕ۔ نہ اوس ہتہٕ نَس کُنہٕ زنڈ تہٕ نہ زاٚ ٹین۔ صِرف اُس

گٹہٕ تہٕ گبجار۔ اوٚندپوٚکھ اوس باسان وٚ اناکھ تہٕ وُجارٕ۔ ڈرٛیورگوتہٕ بیوٚٹھ اَکس

پلِس پیٹھ۔ سوار تہٕ ؤژہ بون تہٕ اوٚندپوٚکھ وُچھتھ زَن گوکھ باٚبتھ۔ بُڈ چچہٕ نہ اوس

پانہٕ وسان نہ اوس اوریایورڈلتھ گیچھ گاٚمژن سوار بن گنڈٕ ے ڈیوٚل ترٛاوان۔ یم

بون ؤتھی تم سے یہٕ ڈرٛیورس اندی اندی۔

ڈرٛیور ووٚتھکھ۔ "وُچھان چھوٚ حض ژلہٕ دُن دُنیاہ کتھ کٔنی ہیکہٕ ہنگہٕ تہٕ

منٛنہٕ بیتہٕ ٹٔشتھ! ازان موچھ منٛز روٗٹ کُمی تام سون یہٕ ڈرٛی یاو۔ ووٚنی نہٕ چھ کُنہٕ

بوٗژھ نہٕ گژھنہٕ ناو.... مگر انسانس نہٕ ژلان کاڈبن ہُند ہرٕ ہرٕ۔ اَمس ما خبر اجل کتھ کٕنۍ ژھس کرنہٕ ناوان۔ "سوارِ کھڑٕ لوتی واپس۔ بڈس ہرٕ بوٗژلمٕ تہٕ سُہ زَن گوو دَم پھٹٕ۔ سوارٕ بن اَسۍ یمہِ وَتہٕ ہِندۍ ایکسی ڈنٹ یاد پیوان تہٕ تر پھٹان۔

۔ دَیان بندے خودا‌ے اوس گاشس تہٕ گٹہِ منٛز باگ کھڈا آسان۔

ڈرٛیورن کرِ اَند رِمہ تمام بجلی بتہٕ ژھیتہٕ تہٕ بسہٕ اَند رگیہٕ ژھوپہٕ۔ صرف ژھیٚ ہبڈ لایٹہٕ کرٕنہٕ ہِنہٕ گٹہٕ پچھ راٗژ منٛز وَتھ کوٗران تہٕ دَوان۔ سوارہن چھِ صرف ڈرٛیور سنٛز ژھا‌ے بوزنہٕ یِوان یُس اَنس لگہٕ کھیلس کنٛس گاشدار گبہٕ راٗچھ ہِندی پاٗٹھی اَنہٕ گٹہِ اَپاٗرِم حقیقتھ تٕرٕ راٗوِتھ ونہٕ نک جرتھ تھوان چھُ۔ وَتھ اَس تسی یاٗژ بوزنہٕ یِوان تہٕ یتہٕ زِ اجل کتھ موڈس پیٹھ چھُ زاگہِ بِہتھ تہٕ سُہ کتھہٕ پاٗٹھی کرِتس کوچہٕ پھٕیر۔ ۔ لُکن اوس کشفک اِنتظار۔

اَخرس گرٕیزے یہ ڈرٛیور سنٛز آواز۔ "گُذارٕ کرُن۔ بَس گذُارٕ۔ بُڈ چچا! یہ ژیہہ کڈُن۔ پچھ گس خبر۔ مرٕ بے تہٕ نکھ تہٕ دِیہِ ما کانہہ۔ خبر تَمہٕ وِزِ تہٕ ما یِیم یہوے بکاریُس ناسٹرکہٕ پیٹھ یہ گُنٛز زوٗن کھڈا چھُ مےٚ اَتھٕ دِوان تہٕ بسہِ کھسان۔ یُس ناژے ڈچھنٕ کھوٕری ژلمٕ کران چھیٚ ...... یہوے کیاٚ زِ سمکھ ووٗنی کس!...... بیٚیہ کانہہ کونہٕ؟" ...... تَمِ کوٗڈبیا کھ سگرٕیٹھ تہٕ زولُن۔ کنڈکٹرس اَس نہٕ اَندرٕ پھیرنس رژھ تہٕ وَتھ۔ سُہ اوس پٔتۍ کنٕ ہیرِ الوند تہٕ وسنہٕ وِزی سوارہن کرایہ رٹان۔

بَس روٗز حسب دوٚستوٗر پرٛتھ موڈس پیٹھ رُکان سوٚاری سوٚاری ژلان تہٕ ڈوچرٕ ڈوچرٕ دِوان۔



# چوٗکی در

"پۆرٛی صأب نمسکار۔ اوہو آہو جہ صأب تہٕ شرما صأب تہِ چھِہ۔ میأنۍ خوش قسمتی۔ تُہُند درشن تہِ بنوٚ ییٚتہِ تھےٚ...... ییٚتہِ زَن چھےٚ کیٛاہ تام ووسہٕ دروسہٕ ہش۔ کیٛا سأبوٚ ڈدوہ چھا کینٛہہ؟ بہٕ ما آس غلط وقتہٕ......؟"

"آ۔ اَز چھےٚ آتھوار۔ اَدٕ؟...... یہِ رٕکوٗھ سأمِٹھأے شرما صأب؟...... نہ سأمےٚ گرٛھِنہٕ۔ مےٚ چھایہِ وَیان...... کیٛتھ نٔوید؟ راماین؟☆"

"راماین وُچھِتھ چھِوٚ توٚہیٛ یہِ نٔوید بأگراوان؟...... او بہٕ نےٚ سنیوٚ ہے اَتھ۔ مےٚ نےٚ یتھ ہارمونیمس تہٕ طبلس گٔن نظرٕ پیٛیہٕ۔ گو نا توٚہیٛ چھِوٚ گوڈٕ

---

☆۔اَز بۄڈنٛھ کینٛہہ وُری آو "راماین" سیریل ڈرامادُوردرشنہ پیٹھ ہاونہٕ۔ یہِ ڈراما گو سیٹھاہ مقبوٗل۔

---

بجن کران پتہٕ پۄ زاکران تہٕ اَدِ "رامایَن "وُچھتھ نوید بأ گراوان؟ اِدسأرِتی پھل

دی نو بگوان۔

"عأش گرِتھ ۔ نوِ آتھوارِ گوسأئنس کواٹرس منز۔ ووں گوٚ ولڑکہٕ مانہٕ ناؤن

چھُم مُشکل پہان...... أزی کبن جوانن ماسأپھےٚ کانہہ یڑھاپڑ ھارِ وٕ زہرٕ......"

پۄ زے بۄزِو بہ تہٕ گوس حأرانے تہٕنز شرٕ داتہٕ درمہٕ باوناوٕ وُچھتھ......

پزِی پأٹھی ہسأ شرماصأب۔ کشیرِ منز چھنہٕ یتھ واتاورنے۔ سأئنس محلس چھِ گنہِ

گنہِ آتھوارِ دوہ تہٕ بجلی نوان۔ تمہٕ دوہ گتہِ وُچھو رامایَن۔ آہو جاصأب! پَننہٕ جایہِ

چھےٚ کتھ۔ کشیرِ منز تھےٚ بوزان زِ کرکٹ میچس پتھ چھےٚ چھِ ٹی۔ وی یَس شرِنی دپان

چھِ واے سوتہِ آسیا کانہہ وِزییلہِ أکہ تہٕ......

"سو دلیل ونوو بییہِ گنہ وِزِ۔ وُنی کس آیاس أکھ سبٹھاہ اہم کتھ وننہِ۔

یہِ گوجانے زِ آہو جاصأب تہٕ شرماصأب تہٕ سمکھے یہِ بیتہٕ تھے۔ دراصل ہسأ وِژنہٕ از

أز نیپألی چوٚکردَرن نینٛدرٕ ے کرنہٕ۔ زَن اوسُس تاوَن زدس گلہٕ سرسان۔ ٹاس

تہٕ پۄ ٹاس مِلہٕ نوؤن رأتی راتَس۔ بیتہٕ گیکھ اسہٕ نینٛدرٕ حرام کرٕنی تہٕ ہُتہِ گیکھ حکومتھ

دِق انگو۔"

اَدِ کم چھِ؟ پزٕ ژھی تو کانٛسہِ تہٕ بہودرس سہٕ ونٕو کوٹھن چھُ دار جیلنگہٕ الگ

مُلکھ بناوُن۔ ☆

"توہی گتہِ سأ گژھو ہُشار پۄ ری صأب! توہی چھوٕ پیٹھی مِس کواٹرس

---

☆۔ بہودرنیپألی مو بنیو۔ ہندوستانس منز الگ صوٗبہٕ بناونہٕ خٲطرٕ آس تمن دوہن دار جیلنگس منز تحریک چلان۔

روزان۔ سون بۆنیم کواٹر چھُ سڑکہِ ہنٛزِ لبولہِ۔ سڑکہِ لٲے ژٕن ٹاس یالبہِ مےٚ زن چھےٚ وٲلنٛجہِ ژٕنڈ لگان۔ تأجُب چھُ بۆنم کواٹرکۍ أکۍ تہِ شخصن چھنہٕ وُنِس تانۍ أمس پُرٛژھمُت زِ ژٕ چھُکھا اَسہِ ہُشار تھونہٕ خٲطرٕ چوٗکۍ دری کران کِنہٕ پانہٕ ہُشار روزنہٕ خٲطرٕ۔ کِنہٕ بییہِ کُنہِ غرضہٕ ......

"نہ سأمےٚ کروۆن زِمیےٚ چھےٚ چیٚنڈ۔ ووں گوٗ وُچھتھ کُرتھ ماتھوِ اِنسان أچھ وُٹتھ۔ دگ کرِتھ تہِ ماونہِ دگ چھنہٕ۔"

" آممکن چھُ مےٚ آسہِ نہٕ راتس نیٚنٛدٕر ریوان۔ مگر پیٚٹھٕ ہَن ونوٕ کہِ اَزبہ راتھ کیُتھ ہُشار گژھُن اوس شاید بگوانس کیٚنٛہہ جانٕنے یژھُن۔"

" نہ سأبہِ چمہٕ نہٕ چاے۔ یمن کیٚاہ کرٕ چھولن؟ ہایم کس سأ ویٚن؟ مےٚ ووت بتہٕ کھٮ۪نس موقہٕ۔ ووٚنۍ گژھ بتہٕ میٛنٹٕ نِشہِ۔ زٕمس کھیومُت نِو بجہِ صُبس بتہٕ تہٕ چاے چیٚمٕژ ژورِ بجہِ دفترٕ بتھ ...... نہٕ سأیہِ کھےٚ تہٕ کتہِ یییہِ مےٚ راس۔"

" آ۔ تی وَننہِ آیوس۔ مےٚ دپیوو لیکھٕ تہٕ اخبارس دِمہٕ۔ مگر پتہٕ دۆپُم مامِلہٕ چھُ سنٛجید۔ اگر ایڈیٹرن چھٹھۍ سی بی آیس سوٗز۔ یور ییٚن تحقیقات کرنہِ۔ توٚہۍ بأے وُنیوٗم ہے اَسہِ کونہٕ ونیوتھ گوڈَے۔"

" مامِلہٕ چھُ یہِ زِ...... گوڈٕ وٗنۍ توم ریڈیو بۆزِ نا اَز؟ خأرتوہہِ اُس 'رامایَن پۆزا' کرٕنۍ۔ اچھا اَخبار تہِ پۆرٕ نا؟ وُچھوٕ کیٚاہ تاژٕ نگر کالنی Colony چھنا اَسہِ پٮ۪تۍ کنٕز۔ ستھ ؤری گےٚ مےٚ وَنۍ پیاپےٚ یور دِلہِ لڈکس [illegible] بوان، مگر ناو چھامےٚ یاد روزان۔ لڈکہٕ تہِ چھُم اتھ پٮ۪ٹھ وَنان آسان زِ ییٚتہِ دِلہِ روٗزِتھ گژھِ ییٚتہِ کُے

لاگن ۔ کشیر گژھ مُشراونی ......"

" خار ۔ اَتھ کالنی منز چھکھ اَز اکی گرِکی تژے نفر مارِ متی ۔ اُگر واَدی اَسی پُلسہٕ وردی لاگتھ آمتی ۔"

" اَتھ واقس چھُ سیدِ سیٖوٗ دواٹھ تتھ ستی یہِ نامہٕ اَز راتھ کیُتھ وُچھ جنابوٗ ۔ اَز راتَس اَسی تمِ اُگرِ واَدی سانہِ کالنی منز ۔ یتی پیٹھ دژ ایہِ تہٕ قتل کرِتھ آیہِ پتہٕ یٔری ۔"

" پوٗز چھُو ونان ۔ چھُنا یہان شرماجی ؟ توٗ ہی کوٗت دژ ایو ؟ "

" سکٹڑی سُند نفر سمکھِنہٕ توہہِ اَز تہٕ شرما صاب ۔ تتے پنداہ ساس تَس تارنس پیٹھ آمادٕ گامتی چھِہ تہٕ یکدم سمکھِو ۔ کاغذن کرناوِو دستخط تہٕ تِہنز پنجاب لایسنس گژھ ِواگذار ۔ مگر ہمتس تِہندِس چھِہ داد پھِوان دِنی ۔ تِہنز فیکٹری ہُند مال چھُ تِمنے کِنہِ یِوان یم تِہند ناو تہٕ پارٹی افلیشن وُچھتھ توہہِ دُشمن آسہٕ ہان ...... مے کیاہ وَن ...... یہ چھو وم توہی ووٗن مُت ۔ بِہو پتھر تہٕ پوٗز خبر شیٖچھ بوٗزِو ......"

" وق آسہٕ ہے زٕ بجے ۔ چھُکی دِرہنز ٹاسہٕ رایہِ ستی ییلہٕ نہٕ نیٖندر رے آیم تھوٗد ووٗتھس ۔ دار مُژراوم تہٕ اُتی بیٹھُس سگریٹھ چیٖنہِ ...... گُٹھی دارِ کنی چھُ یِوان ووزُل بوٗ نگلہِ سیدِ سیٖوٗ دیوزنہٕ ۔ یتھ سائبندٕ ٔقی ژوٗوہ پہر سٹھن گن ہیے ہیے پہرس چھِہ آسان ۔ اَتہِ کیا چھُس وُچھان اَکھ چھو کھ آیہِ موٹرس کِتھ تہٕ اَمہٕ منزٕ وٗتھی کلہٕ نلہٕ کملہٕ ڈلی ڈلر زٕ ژورِ زٕنی ۔ پہرِ درَن رُکاوی ۔ خبر کیاہ سوٗسرِ گوٗسر کرِتھ تہٕ ژایہِ اندر ۔ رژِ کھٔنڈی دژ ایہِ اَندرٕ زٕ نفر موٹرسایکلس کِتھ تہٕ دورے یہِ ۔ اَڈِ کنہٕ

پتہٕ آیہِ تمے موٹرسایکل واٗلی واپس۔ یتھ کٔنہ کارِ منٛز آمٕتی اٗسی تِتھے کٔنہ دزا یہِ واپس کلہٕ نلہٕ کملہٕ وٗلی وٗلی۔ پہر درَ دزاکھ ہتی تہٕ تِم نیرِتھ پھیوٚر واپس۔ مےٚ چھُ یقین وق آسہِ ہے تقریبن ےُ ییلہِ ہُتھ کالنی منٛز قتل گو۔ یہ تہِ چھم یقین کہِ ییمے نفرآسہٕ ہِن تِم ...... مطلب یمو قتل کوٚر ......"

" اِدِکم آسہٕ ہِن؟ راتھ کیٛت کلہٕ نلہٕ ژادرٕ وٗلتھ ییٚن، موٹرسایکلس پیٹھ نیرُن سۆسرِ گۆسرِ کرنہٕ۔ اَمی ووزلہِ بوٚنگلہٕ منٛزِ ییٚن تہٕ گژھُن یتھ منٛز خبرٕ خُس مِنسٹر روزان چھُ۔ یتھ پیٹھ ہساٗ پگاہ اخبارن اندر زبردس بحث بحث چلہِ۔ یتھ مُتلِق پارلیمنٹس منٛز تہِ سوال ووتھن تہٕ وننہٕ ییہِ زِ یِتھمن نفرن پیٹھ چھےٚ راتھ دوہ انٹلی جنس والین ہنٛز نظر آسان ...... کیاہ ساٗ توٚہی چھِوٚ مےٚ کُن یتھ کٔنہِ وُ چھان زَن تہٕ خبرٕ ے چھوٚ نہٕ کینٛہہ۔ ووزُل بوٚنگلہٕ ہساٗ۔ یتھ مُتلِق وَنان چھِ کہِ پنجابہٕ ژٕلی متی وارِیاہ اُگرواٗدی چھِ اَتی پناہ لبان ......"

" شرارتھ کتھ ساٗ پیٹھ کھوٚتے آہو جہ صاٗب! مےٚ دوٚپ ممکن چھُ توٚہی ماگیو میٲنی پاٹھی ہُشاریابٕ وٕنٛتھ گُنہٕ دوہہ ما آسہٕ توٚہہ تہِ تِتھے تجربہٕ گومُت۔ دوٚیم اَخبارس لیکھنہٕ بٕ وٕنٛتھ ہمیہٕ بہٕ تمہِنٛزٕ تہِ راے ......"

" نہ نہ مےٚ کرووٚن بہٕ چھس رایٹرٕس تام ...... نہ نہ ...... وول گوبہٕ چھس مُنٛزی مُنٛزی اخبارس اڈیٹرٕ ہنٛدِ ناوٕ چِٹھی لیکھان ...... اِدِ بچاٗری چھاپان تہِ چھِ ......"

" آ۔ پچھ کھنڈ آسہِ گومُت۔ مدرڈیری ہنٛدِس ناقص اِنتظامس پیٹھ اُسوٕ میٲنی چِٹھی دزاہٕ۔ پرٕ ونا؟ اتیک نفر کیاہ ساٗ کران، مشینہٕ منٛز چھُ سُلی دوٚد موکلان

تہٕ پتہٕ چھُ کُس تانی پٔنُن دود لٹہٕ لٹہٕ میٚنٛز کنان ...... وُچھتھ کرِتھ ماوچہٕ اُچھ۔"

" اِدٕ کیاہ سا آ ہو جہ صاب پیٚیہٕ نا فرق۔ مےٚ چھُ باسان ضروٗر آسہٕ الکشن بنہٕ آمُت۔ تنہٕ پتھ کونہٕ موکلہو میشنہٕ زانہہ دود؟ مےٚ رٕہو وصرف اُکس شہری سُند فرض۔"

" آ۔ یی اوسُم وٕنُن شرما صاب۔ وونی ہیکو توٚہۍ بڈٕتھ۔ بڈٕ و یہوے راماین گری نو کامیاب۔ آہَن سائیڈ پھاٹہٕ ونہٕ س۔ ووں گو تہٕ کرِتھ تہٕ گرٕ ھہٕ کام انڈٕنی۔"

" پوٚری صاب! سو کتھ چھےٚ نہٕ۔ کشیرِ منٛز چھےٚ اَسہٕ اَخبار ریڈیو ڈٔری یے خبر گژھان مگر جیرِ کو تاہ چھُ یِوان زِ اُخر بنہٕ کیاہ اَتھ مسلس۔ ییٚتہٕ ییٚلہٕ ونی اُچھو وُچھتہٕ لیکھنس کیاہ حرجہ چھُ۔"

" تمہِ ستۍ کوسہٕ فرق پیٚیہِ آہو جا صاب؟ رٹایرٕ ے زَن گوس تہٕ بہٕ تہِ چھُس سرکاری خزانک پنشن کھوان ...... مےٚ چھُنہٕ تران فِکری سرکاری مُلازِ مَس چھا قومی مالمَن سنہٕ نَس ٹھا کھ؟"

"مدرڈیری ہُند مامِلہٕ اگر توہہٕ موموٗلی بوزنہٕ آو، مےٚ لیوٗکھ اُکس چِٹھِ منٛز ڈی ٹی سی ☆ ہَس مُتلق تہِ اُکس اَخبارس۔ یم چِھ منٛز اُڈی شفٹ کھوان تہٕ لُکھ چھِ بس سٹینڈن پیٹھ پزٕ اران لوسان۔ اَتھ چھُو نا توٚہۍ زانہہ سنےٚ مُتۍ؟"

" یہ تہِ چھا موموٗلی مامِلہٕ؟ جنابو اُکس چِٹھِ منٛز لیوٗکھ مےٚ یہ تہِ کہِ مُلکہٕ چن سیاسی پارٹی یَن پزٕ صاف اعلان کرُن زِ تِم چھا کھوورِ درِچ سیاستھ یژھان

---

☆ ۔ڈی ۔ٹی ۔سی دہلی ٹرانسپورٹ کارپوریشن۔

بِکنہٕ ڈ چھنہٕ درٕج۔ ننہٕ ییٚلہِ ڈُلہٕ پل ہوٗ گرا اور کیٚہ تہٕ گرا یوٚر کٔی بیانہٕ دِتکھ عام ووٹرٕ چھُ راوان ہیوٗ ......"

" نہ سأ کیاز لیکھنہٕ؟ آخر یمن مسلن چھُ ناسنہٕ نٔے کأنسہِ۔ اسہِ تہٕ نے سنو اَدِ کس سنہِ؟ اکیاز چ نیوٗ زبوٗ زِتھ آسہٕ ہأ وأسی کشیٖرِ اندروٗ دأسہ تہٕ پریشان گأمتہٕ۔ پیٚٹھ ییٚلہِ یہِ ننہِ ہے کہ یہِ سپُد ییٚتہِ تھے۔ تیمی کالنی پیٚٹھ دزا یہِ نفر......"

" توہی نی تومےٚ نِش لیکھتھ۔ پگاہ ییٚتھے تحقیقات لگہِ، امی رنگہٕ بوٗ نگلہٕ منٛز آسن نا اُگرو آدی دزامتہٕ۔ تمےٚ یِم مےٚ پنہٕ نہوٗ اچھوٗ چھ۔ خبر ازمأ گرسأنی چوٗکی درن ان زانہہ رس منٛزٕ ے جان کأم۔ خبر اکی ماوٗزِ نوونس یہِ یی وُچھنہٕ خأطرٕ۔ اَتھ چیٚشم دید گواہ بننہٕ خأطرٕ......"

" توہی زن گابرے وِہی آہو جاصأب۔ کیاہ دلیل؟ ہاچوٗ کی درہسأ اوس نہٕ وُچھان۔ سُہ دزا و خبر کوٚت خبر کیأری ہوشا ہوش کران تہٕ ڈوٗٹی دِوان۔"

" اَدِ دُکان ژوٗ لاگن۔ از ہیکو نا اوٚ ڈ کنٹہٕ ژ پری نیرِتھ؟...... بٹہٕ وارِ آتھوار کی چھے توہہِ دُکانک حساب کِتاب کرنس فُرصتھ آسان تہٕ تہِ گوٚ و پوٚزے...... اچھا مےٚ کیاہ چھِو تیلہِ وَنان؟"

" بِلکُل بِلکُل۔ یِنہٕ توہہِ رائے گرشہِ ہے ہے یہِ مادِمہٕ تہٕنٛد تہِ ناو۔ نہ جنابو یہِ ہمہٕ سأرے ذمہٕ وأری پأنس پیٚٹھ۔ ٹلی کیاز واتہٕ توہہِ میانہِ رنٛگی تکلیف؟...... سی بی آئیس ہے ننہو زِ توہی چھِو سرکأری مُلأزی متس ستی ستی پرٛایویٹ بزنس تہِ کران...... بینٛہ یِز پنچایچ لایسنس حأصِل کرنہٕ خأطرٕ کیاہ کیاہ پیوٚ و شرما صأبس

کرُن تہٕ ٹٲکرنو پریشان۔"

" بۆ نگلُک ذِکرِ کیاز کرِ نہٕ؟ کیاہ؟ سردار جی چھا شرماصاٲبس بزِنس پارٹنر؟
او......"

" اَد آس صرف دون رتن یوٗت۔ مےٚ چھُ ناحق زِبہٕ ونہٕ پۆز پۆز یہِ مےٚ
دُچھ تہٕ یَتھ مُلکس اگرے نوقصان واتہِ سو چھا سانہِ باپتھ جاٲنی ...... کھبم نا
شرارتھ......"

" آجتا بوتتہِ تہٕ چھنہٕ أسی پتھ کینٛہہ۔ مےٚ چھُنہٕ کشیرِ اندر ملٹری میجر ہنگہٕ تہٕ
منگہٕ مکانس کرایہِ درتھوٚ ومُت۔ کرایہِ دی ہے مےٚ کانٛہہ تہِ مگر میجر ہندی کنٕز روٗز
مکانس تہٕ أحلس محلٕس تہٕ رأچھ۔ توہہٕ نش چھا مےٚ کینٛہہ کھٕٹتھ تھوٚومُت پوٗری
صاٲب۔ توہہ یژھا بہٕ نوقصان واتہٕ ناوٗن؟ ہرگز نہٕ۔ صلاح مشورٕ کرنہٕ تہِ آس گوڈٕ
توہی نِش۔"

" آہَن ساٹھیکھے چھُ۔ دۆ پموناز رگرصاٲب سمکھیوم کناٹ پلیس منٛزٕ تہٕ
تمٕ دُنی نَم گرِچ شیٚچھ۔ وونی ہسأسہ تہِ میجر ہندی بڈٕ تأریف کران۔ تتہِ اوسُم
دوہے ونان ہے یہِ ملٹری وول کڈُن سانہِ شریف محلہٕ منٛزٕ۔ وونی چھُ میجر کنیٛٹنہٕ
پیٹھ کم کم چیز أنی أنی دِوان تہٕ زرگرصاٲب چھُ کورِ کیٛت داج سوٚمبراوان۔ بیٚیہِ چھا
خبر کوسہٕ تارٕ کانٛج چھکھ ملہٕ نأدپرش۔"

" کیاہ لیکھہٕ ہا أخبارس؟ میجر چھُ کھڑٕت لایان۔ ترٛٹھ کتھ ونان یم چیف
آف دِ آرمی سٹافس تہٕ خبر آسن نہٕ ...... ترٛٹھ کتھ ونان یمہٕ زبردس ڈفینس سکرٹ

باسان پھٹے تہٕ مگر تلہٕ آسان سوٕرے اپٕز...... وونی گومٕژ دوٚن مَس ہے ژٕے پزٕی نہٕ گاٚوگانکرٕ پاٚٹھی اُس کھوٗلُن ۔ تہٕ ییہان تتھے کٔنٕ اَسنہِ یتھٕ کٔنٕ وُنی کس توٚہی میانٕن چشم دید حالاتن پیٹھ بے چھونہٕ کران ۔ "

" اچھا شکریہ ۔ دِیو اِجازت ۔ بٔلی ڈِسٹرب کٔری موٚ ۔ آتھوارِ دوہہ اُسو توٚہی رامایَن وُچھتھ بڈٕ اطمینانہٕ سان پنہٕ نِنٕن پنہٕ نِنٕن کارن لگیٚ متی تہٕ میٚے زَن آو وو، کتھ ...... خاطرٕ مے چھُ باسان اَخبارس چِٹھی لیکھنہٕ بژ ونٹھ گژھہٕ بہٕ زرگر صاٗبس سمکھنہِ ۔ تمِ چھُ جمنا پارچہِ نوِ کالنی منٛز فلیٹ ہیوٚ تمت ۔ مُبارکھ کٔرس ۔ "



# کأشُر چاٹھ

چاٹھا وَنہٕ ہوٚوِ خبر توٚہی أسِو۔ مگر توٚہی کتہٕ أسِو۔ سٔنجیدٕ تہٕ گُرٕھونہٕ کینٛہہ۔
چاٹھ بوٚ زِتھ اگر سٔنجیدٕ گُرٕھی ہیوٚ بہٕ گرٕ ہا پانَس شا بس۔ مگر تیٚہ خبر چھَم توٚہی گُرٕھونہٕ
سٔنجیدٕ تہٕ کینٛہہ۔ نہ أسِو تہٕ نہ گُرٕھو سٔنجیدٕ۔

بیٚیہٕ چھےٚ بیٚاکھ کَتھ۔ چاٹس چھُ تیٚلہٕ رنگ کھسان ییٚلہٕ تتھ اَپزٕ یک مَصالہٕ
رَلأوِتھ آسہٕ۔ میٚون چاٹھ چھُ پوٚز۔ اَتھ چھنہٕ مےٚ اپُز مِلہٕ نووُمُت تہٕ رٕژنا
کھأرٕمُت۔

یہٕ چھےٚ بلکُل حقیقتھ زِ مےٚ چھُ شب گرُد گوٚمُت۔ ہنگہٕ تہٕ منگہٕ۔ شب گرُد
ہَسأ۔ خبر دار وول۔ میٲنۍ زوٚہ چھےٚ خبر دار...... ہُشار...... وٕنۍ وٕنۍ تالَس لجٕمٕژ۔

خبر دار۔ کأشرِ پأٹھی ہساً۔ خبر دار ہُشار۔ ووٚنی تھوٚکس ؤنی ؤنی۔ خبر ووٚنی ما آسہٕ صِرف سونچان یا اُس ؤٹتھ وَنان۔ وُٹھن زپر گرنہٕ وَراے کرٚکہٕ دِوان تہٕ صِرف پانہٕ بوزان۔ گوڈٕ گوڈٕ اوسُس سوزٕے بوزان۔ ووٚنی چھُن بوزُن تہٕ سوٚتُن ہیوٚ تمُت۔

میأنی یہِ سیاہ راتھ چھےٚ سراسر پأرِم گأمژ۔ نہ ونوس اُردوٚ پأٹھی گٹہٕ تہٕ نہ ہینٚدی پأٹھی اَنہٕ گوٚٹ۔ اَوے ووٚن مَس پأرِم۔ ورگہٕ پأٹھی بوٚزی توٚبہٕ چھس اَتھ پأرِمہِ راٚ ژاٹھدر کأشرِ پأٹھی ژوٚنگ زالان۔ مگر وَقتہٕ وِزِ نہ یہِ پرٚزلوٚن ژوٚنگ تہٕ مےٚ لبنہِ یِوان۔ اُخرس یہٕ واٚلنجہِ گاشہِ ستی ژوٚنگ ژھاران۔ یتھ پأٹھی بہٕ کرٚکہٕ دِوان چھس ...... خبر دار ہُشار۔ مگراُس وَہراٚوِتھ نہٕ ......

اُتھی ووٚنم زِراٚ ژگیم پأرِم وَنن تہٕ مےٚ گوٚ قسمتس لیکھتھ شب گرُد۔ اَمی کیٚاہ گیم یہِ ونن؟ ژانگہِ پیٹھ بانگہٕ تانی اوسُم بیہنٚگ عادَتھ۔ مےٚ عادتہٕ مۆجب تہٕ تَس سوٚپُن بامٕل نہ یِنہٕ کنہ۔ زٹھل ٹیکی پأٹھی اوسُس نیٚندرِ تہٕ کھر آمُت۔ مے دوٚپ کھینٚچل چھس گوٚھان۔ ٹھاپہٕ ہَن دی دی ہیٚژ اُیم ساوِنی۔ تورٕ پیٹھم بےٚ پرٚژھ نظروستی یتھ کنٔ وُچھنہِ زن پرزناونچ کوٚشش گران اُسم۔

"دپیوٚے ناداوا کھےٚ دوٚ زیوٚ یہِ کوٚو سیٚدہی تہٕ مےٚ تہٕ ترٕ ہے فِکرِ ژٕ وَنان کیٚاہ چھُکھ؟" یہِ ووٚنُن تہٕ لَج بیٚیہِ عالِم خابَس دوٚنٚژھ دِنہٕ۔

بہٕ روٚدُس۔ مےٚ ووٚن کیٚاہ یہِ نہٕ اُمِس فِکرِ تور۔ گوڈٕ میأنی کوٚسہٕ گٔتھے ترٕ ے یہِ اُمِس فِکرِ؟ میأنہِ زیوٚ باسیوو اُمِس کوٚو گومُت۔

یہ ماچھے ژینان زِ یتھ حسین رأژ کوسہٕ پأرِم وَنن چھے گأمژ۔ یتھ نہٕ
اُردُو پأٹھی گٹہٕ ژٕنتھ ہمکو تہٕ نہ ہیندی پأٹھی اَنہِ گوٹ۔ بہٕ اوسُس دٕپان دوٕ ترٕ بس
میأنی کتھ فِکرِ تہٕ سوٚپنن نیرِ بس تر۔ نیٚندرِ نیرِ نس کھری۔ مگر اُمس تو رُے نہ فِکرِ یِنہ
مےٚ زأنی۔ یِنہٕ مےٚ ئتی سمبند کوٚرہس۔ یِنہٕ بہٕ پأیس پیوس تہٕ یِنہٕ اُسُند دود جگرس
پیوم۔

۔خبر دار! ہُشار!!

رأژ دِژ خبر کُمی وألنجہِ تھپھ۔ مےٚ زون۔ شب گرُداوس۔ بہٕ ووٚتھس
بون تہٕ بَرس پپٹھ چھس پزاران۔ شب گردس چھے پتاہ تَس چھُ مےٚ نِش ییٚن۔
سگریٹھ چوٚن تہٕ قدم ژٕین۔ توتہِ ییہ یہٕ لَمان لبڑان۔ وانہٕ پیٚنجن ڈنڈٕ ٹاس دِوان
تہٕ وانہٕ رأچھن ہُشار گران۔ وانہٕ رأچھ تَس لکھا ژاران تہٕ لرِ پھیرُ دِوان۔
ٹیکبِسین تہٕ بَسن تلہٕ نظر دِوان تہٕ تورٕ ہوٚنی ووبھ بٕزی تھے تَتہِ نَس ڈلان۔ ناوہیٚے
ہیٚے لُکن ہُشار روزنچ تلقین کران۔

۔ ہے خوجہِ صأبو! خبر دار!! ہے پیر صأب! ہُشار!! پنڈت جی خبر دار!

سارِنے ہٕنز کھنگھ ہوٕان۔ اُمس سدٕ چأرِس نہ پَیی زِ سأری ماچھِ پَنہ
نِس چھتلِس زاگہِ تہٕ مالَس رأچھ۔ کرٕ کے دِوان چھُ یہِ شب گرُد تہٕ کس؟

ییٚتِمن ونوٕ بہ اوسُس نہٕ اوٚ تانی اَکس چیزس سنیومُت۔ شب گرُداوس
مےٚ نِش قدم ٹھہراوان تہٕ پتہٕ ڈوچرُ ڈوچرُ دِوان نیران۔ یہِ اَسم نہ خبر زِ سہٕ ماچھ
اَمہِ پتے غأب گژھان۔ یتہٕ نہٕ مےٚ خبر زِ سہٕ چھا اِنسانے کِنہ بَدل کانٛہہ زُوٕ

زاتھ۔ بہٕ اوٗسُس تَسنٛدِ ستی سبٹھاہ مُتاثِر۔ یُتھ بۄ زِوز تَسنٛدِ نیرنہٕ پتہٕ اوسُس ہیوٚر کھسان تہٕ ژاٗنگس تل بہتھ کرٛکھا کرٛکھادِوان۔ ہُشار! خبر دار!! مگر شاید اوس نہٕ سُہ کٲنٛہہ بوزان۔ آ۔ اَتھ پٔتھ اُس ہو پتہٕ وٕتھِتھ یِوان تہٕ مےٚ ٹکران:

"دپیو مے نادِوا کھنے۔ یہِ کووسیٖدِ ہی تہٕ مےٚ تہِ ترٛ ہے فکرِ ژ وَنان کیاہ چھکھ۔"

یی اوس سَپدان۔ مگر اَز یُتھے سُہ مےٚ نزدیکھ آو بہٕ ترٛ ہریوس۔ اَز آم تَسنٛد بُتھ بوزنہٕ۔ پوٚر بیوٚٹھم زِ سُہ چھنہٕ کانٛہہ اِنسان زاتھ۔ خبر کیاہ زاتھ۔ میوٚن یی سوچُن زِ سُہ گوٚوٚ چھان وٚچھان غاٗب۔ مےٚ بڑ وٗنٛتھ کنہِ ہسأ۔ یِمو دیوٚ چشمو ہسأ وٚچھُم خبر دار وول غاٗب گژھان۔ وَنہٕ کیاہ؟ توہہِ بیٚہہِ نہٕ تو تہٕ۔

کیاہ؟ اُچھن چھُمہٕ دونٛگھ؟ دونٛگھ نہ ساٗ چھُم کانٛہہ۔ مگر یہِ وَنوٕ تہنٛہٕ چھُم ٹارِہن زبردس گوبر۔ شاید آسہِ شب گرٛد غاٗب گژھتھ مِیےٚ ٹکریومُت۔ سُہ آسہٕ ٹارِہن دون پٔٹھ بہتھ۔ تَنہٕ نہ چھم نیٚندرٕ نہ آرام۔ بازر بازر چھُس کرٛکھ کرٛکھ دِوان۔ خبر دار! ہُشار!! یہِ چھُم خبر زِ ساٗری چھِ پَنہٕ نِس پَنہٕ نِس چھتلِس زاگہِ تہٕ مالِس راٗچھ۔ یاتہٕ چھُم لبکہٕ پیوان یا چھم ہوٗنی لاران پتہٕ۔ مگر ٹارِہن ہنٛد یہِ بار کوٚت ژلیم۔ تہٕ ہمس کیاہ گرٕ؟ وٚنہٕ تہِ چھُس کانٛچھان زِ خابَن نیرِ ہیس بچارترٕ۔ مگر سو یِیلہِ وٕ ژھ تیلہِ کرٕنم کاوِزیوٚ ہنزٕ شکایتھ۔

اد کیاہ۔

یہِ ہساٗ اوس چاٹھ۔ کاٗشر چاٹھ ہساٗ۔ توٚہی ماگیو سنٛجید؟ اچھا؟ اَسِن تہِ اودٕ

نا؟ کُنہی نا؟ اَدِ گژھو وۄنمو۔ بُتھِ گنہٕ دوہہ ییٚلہِ تہِ ژٕہتس پییٚنہٕ وِ، دَندس تَل ژھنو اۄنگج تہٕ میانہِ کأشرِ چاپٕچ اہمیتھ ژہنو۔ وۄشاہ ترٛ اُدِتھ ذٕنو واہی تَمہِ وِزِ کونہٕ بوزیوٚ و گن دأرِتھ۔ ووٚں گوتیمی بۄزمُت آسِہٕ، تَس تہِ آسِہٕ میأنی بأش گأمژ۔ کأشرِ ہِیے أخر توہہِ تہِ زوٚ پھٕے۔

موکھتہٕ ژارُن یازِ مؤسیقی لبنہٕ :

زۄن کھیٚنہِ بالس کھسُن یاکوہِ قافس دِزِ لیٚوِزِ

پزٕ وۄُمَے کیٚنٛہہ یٔیے اَش پھیٚرِ کیٚنٛہہ

بوٗ وُمَے کیٚنٛہہ بس یٔیے اَکھ کٔریکھ تہٕ بس

(رحمان راہی)

# رتن لال شانت

زاوبڈ ی یار بالاجہ کدٕل سرینگرٕ کس أکس غریب گرس منٛز 14 میٔی 1938 - تألیم (ایم اے - ڈی فِل) گرٕن نوِ سڑکہِ گنٛڈ اہلر کہِ جبری پرٛایمری سوٗ کولہِ پیٹھ الہ آباد یوٗنیورسٹیہِ تام حاصِل - پزٕتھ امتحانس منٛز فسٹ تہٕ امتیأزی پوٗزیشنہِ حاصِل کرنہٕ کنٛ آس 1957 ہس منٛز صدر جمہوریہ سُند سونہٕ سُند میڈٕل دِنہٕ - کیٛنژن رتن رگھوناتھ مندر سرینگرٕ کس رٕ پادیوی شاردا پیٹھس منٛز طألباتن پرنأوِتھ لوگ ایس پی کالیجہ ہندی لیکچرار تہٕ تقریبن 37 ہن ؤری ین رِیاستہٕ کین مختلف کالجن منٛز پرنأوِتھ (أکس ؤریس جموں کشمیر یونیورسٹی سرینگرس منٛز ہندی تہٕ ؤریس کھنڈس ڈگری کالیج بیٚمنہِ کأشر پرنأوِتھ تہٕ کالجن منٛز کأشر پرناونس دٕسلابہٕ کرِتھ) سیٛد مولانا آزاد کالیج جوٗمہِ 1996 تس منٛز رِٹایر۔ لیکھُن کوٗرُن 1953 ہس منٛز کأشرِ افسانہِ "نوٗشین" ستۍ شوٗرٕ مگر گوڈٕ

گوڑ ہیٚنڈی اُدیبن تہٕ اُنجمنن سٟتۍ زیادٕ صۆحبتہٕ کنۍ اوٚنُن نہٕ پٔنُن ابتدٲیی کٲشُر لکھُت ئلی کہِ ہیٚنڈی شٲیری افسانہٕ تہٕ تنقید گاشس۔ افسانہٕ "ژھایہِ گتۍ" چھپتھ شپر آزٕ 1967 یَس منٛز یُس یہُنٛد گوڈنیک چھاپ گومُت کٲشُر افسانہٕ چھُ۔

شایع گٲمژٕ کِتابہٕ:

(ا) کٲشِر

۱۔ أچھر والن پیٹھ کوہ۔ افسانہٕ سۆمبرن (1972)

۲۔ ترِ کۆنجبل۔ افسانہٕ سۆمبرن (2002)

۳۔ رٲوۍ ہتۍ معنے۔ افسانہٕ سۆمبرن (2003)

۴۔ افسانہٕ کیاہ گو۔ تنقید (1985)

۵۔ کٲشُر افسانہٕ اَزتہٕ پگاہ۔ تنقید (2000)

۶۔ ترٛے بینہٕ (چخوف سُند رۆسی ڈرامہٕ۔ ترجمہٕ) (1974)

۷۔ گربدلی (رماپد چودھری سنٛز بنگٲلی ناول۔ ترجمہٕ) (2001)

۸۔ البیرونی سُند ہندوستان۔ (مۆلہٕ عربی سفرنامہٕ کیو تواُریخ ترجمہٕ) زیرِ چھاپ

۹۔ نٛرچ کِتاب۔ (تدوین) (1981)

(ب) ہیٚنڈی

۱۔ کھوٹی کرنیں۔ نظمہٕ سۆمبرن (1965)، ۲۔ کوِ تا ابھی بھی۔ نظمہٕ گیت غزلہٕ (1977)، ۳۔ کشمیر ساہِتک سندربھ۔ تنقید (2000)، ۴۔ نۓ کے تیور۔ تنقید

(زیرِ چھاپ)، ۵۔ پوشہِ مال۔ رسول میر سُند ترجمہ(1977)، ۶۔ سُند رشی۔ شیخ العالمؒ سُند تدوین تحقیق تہٕ ترجمہ(1979)، ۷۔ آوازوں کے ارتھ۔ دینا ناتھ نادِم سُند ترجمہ(2002)، ۸۔ ترٚ زبأنی (ہێندی کشمیری انگریزی) ڈِکشنری ترٛے جِلد۔ ہَم ایڈِیٹری(1988)۔

امہٕ علاوٕ چھِ أمی ہندی درجن واد کأشری، ہێندی، انگریزی تہٕ اُردوٗ تحقیقی مضموٗن وقتہٕ وقتہٕ شایع سپدی مٕتؠ تہٕ واریاہو رِیاستی تہٕ قومی سوٗتھرِ کیو اعزاز وٕستی چھُ نوازنہٕ آمُت۔ ریڈیو، ٹیلی وِجن تہٕ سٹیجہِ خأطرٕ لیکھِن واریاہ ڈرامہ کأشری، اُردو تہٕ ہێندی پأٹھی۔ قریب اَکھ درجن ڈراما کرِن سٹیجس پیٹھ بطور پروڈیوسر پیش یمو منز کینژن منز پانہٕ تہٕ اداکأری کٕرن۔ ماہنامہٕ کشپ (سرینگر)، کشپ سماچار، روزنامہ ہێندی کشمیر ٹایمز کِس ادبی کالمس تہٕ کھیر بھوانی ٹایمز (جموں) رسالن/اخبارن کٕرن مکمل یا جزوقتی ایڈِیٹری۔ کالیج ملازمتس دوران این سی سی ہٕچ افسری تہٕ ٕستی اَدبی تنظیمن تہٕ مجلسن ہُند اہتمام تہِ چھُ أمی سُند امتیأزی شوٗغل اوسمُت۔



"ہیٚنٛدی پٔتھٕ کاشرِس کُن آمٕت افسانہٕ نگار رتن لال شانت چھُ زِندگی ہندی پیچیدٕ احساسات علامتی تہٕ اِشارٲتی معنہٕ ہو سان تہٕ پیش کران۔ خاص کتھ چھےٚ اَمی ہندین افسانن منٛز یہِ زِ تِھیٚن احساسن زبو دِنہٕ وِزِ چھُ امی ہندِ نظرِ سأدروار برتہٕ شُرٕ یہہ برابر موجود روزان......"

۔ہیٚنٛدی افسانہٕ نگار تہٕ ناقدٕ کملیشور
(بھارتیہ شِکھر کتھا کوش۔2002)

" شانت صابن چھےٚ کاشرِس افسانس پٔتھ باگہ بُرٕ ژ کِتاب شایع گرہو۔ کاشرِس منٛز پٔنٛنہٕ قِسمچ گوڈنِچ کِتاب۔ یتھ اَنٛد رکأنٛسہٕ دہَن کاشرِین اِفسانن تہٕ افسانوی پوٚت منظرس پٔتھ بحتھ تہٕ کوٚتھ تہٕ کارِملہٕ وِتھ پوٚرٕ سنجیدگی سان داہ کاشری افسانہٕ پٔرِتہٕ تِمن پٔتھ لیوکھ......"

۔بشیر اختر (شیرازٕ۔اکتوبر نومبر 2001)

"شانت جی ہنٛزن کہأنی ین منٛز چھُ بأطنی دگہ ہندِ حیٚسچ توٚپھ سیٹھاہ سٕنٛزٕ آسان۔ کِردارن ہِندِس کشمکشس منٛز ہیٚنہٕ آمُت افسانوی حالتھ چھےٚ پٔرن وألِس سیٹھاہ سوٚن اثر ترٛاوان۔"

۔پروفیسر ڈاکٹر نظام الدین۔
(ہیٚنٛدی شیرازٕ۔فروری مارچ1984)

"پروفیسر رتن لال شانت چھِ کاشرِ ادبہٕ کِین تِمن معمارن منٛز سیٹھاہ نُمایاں یمو کاشرٕ زبان معیاری ادب پارو سٕتی نہٕ صِرف مالا مال گٔرِکی بلکہ گرٕ کھ کاشرِ زبأنی تہٕ اَدبکی تم گوشہٕ تہٕ تِمن پٔتھ ہتہٕ بدبن ڈٔری ین کاشرِ ثقافت کِین دگ دارن نظرِ اَس نہٕ پیوان۔

۔شاہد بڈگأمی (ہرموکھ۔اکتوبر دسمبر2001)

کاشرِ ادبکہ حوالہٕ چھُ ڈاکٹر رتن لال شانت صابن ناو سیٹھاہ وِوٚد۔ شانت چھنہٕ صِرف اکھ ناموَر افسانہٕ نگار ے بوت بلکہ چھےٚ تِمی ہنٛز سو نوٚل ادبی شخصیت رنگہٕ رنگہٕ اہمیتھ تھاوان۔

کاشرِ افسانُک اَکھ اہم نقاد آسنہٕ کِنہ چھےٚ تَس تخلیقی ذہنس منٛز تہٕ جان تنقیدی بصیرت روزان۔ تَس چھےٚ فِکشن (fiction) چِن صِنفَن پٔتھ تہٕ سٕنٛز نظرِ تہٕ تِمی ہندٕ وسیع مُطالعک پے چھُ تِمی ہنٛز تنقید نِگارِیہ سٕتی تہٕ لگان.....

۔ڈاکٹر امر مالموہی (آلو۔نومبر دسمبر2002)